# کرٕن شیٖن

(شعر سومبرن)

علی شیدا

واسکناگ کاشُر بزمِ ادب۔ دیوسر قاضی گُنڈ

# بِسمِ اللہ

وقتن کُس دوٗد چھُ مےٚ پیٚشرمت۔ تمیچہ نِشہِ تیٚیزٕ تہٕ
لازوال دگہِ ہٮ۪ژ تھہٕ روچھِ سورگس گمچھِ گنگہ رٲے مٔنز ہندیٚ گوٚتہٕ
حرفن ہندِ نٮ۪رِل حریرٕ وٲلیہ چھُس بہٕ کٲشرین ادب نوازیارن
ادیبن تہٕ شاعرن ہنٛزِ بیاکھ شعر سومبرن "گرہن مُشن تقیہ
وٲنجہ تہٕ مایہ سان ڈٲلی ہندی رنگہٕ پیش کران۔
شعر لیکھن، اسرن تہٕ سٔرن کُس وزنت وٲرگی چھ
ٹلان تہٕ وشرہ ناوٕن چھُ ہنا گرٕ یمچہ پٮ۪ٹھ تہٕ موقعہ محل
تہٕ چھنہٕ اجازت دوان۔ دپوٚنہٕ یہ گوٚتہ چھےٚ سمبھالہِ ہمہٕ منزِ
ہندین سربستہٕ رازن ہندی روح پیدہ منہج تہٕ انھن
معنین ہندٕ حیات آنٕہٕ تغیر وشرہ ناوُن باپتھ ادیب
تخلیق کرُن یوت ضروری چھ تیوت چھنہٕ آہر نژ ناز دوچ
تہٕ مشکل آسنہٕ باوجود یِتھہٕ ہشہٕ کٲمہ کھوتہٕ بنیہ کا تھہٕ تہٕ
کٲم ضروری تہٕ لازمی۔ زندگی ہندین تہہ دار نیچین سُنبہ
تم حرفاوٕن ۔ یِہ ویٚنِس مو کھس مٔنز عام گیو خاص لکھ

تامم واتناوۍ ـ تھتہٕ میوٚنھے باسان پوٚز چھُ داریاہ کنڈہٕ ترٕ کرٕ یوٚنٛ ہفت خانہٕ طے کرُن۔ یہ چھُ اکھ مسلسل سفر، اکھ تہٕ کِتھٕ کنی تہٕ امیک سارے بہار مسافرن چھُ اکھ دلچسپ مشغلہ اوت سودان بلکہ چھُ یہ زندگی ہنٛد اکھ اہم اثر پنن حصہٕ بنان۔

شاید ووت مےٚ شعور یلہ ونہ پیٚٹھے شعر لیکھان۔ یہ کیتھٕ پاٹھۍ چھس لیکھان تہٕ چھُس پانس تہٕ فکرٕ تران یہ چھس راوان تہٕ یہ راوُن چھُم دوہ کھوتہٕ دوہ النہٕ تہٕ ولنہٕ یوان اتھ راوُنس منز چھس تی تہٕ ہاران یہ ییتھ کلہم کائناتس احاطہٕ کرتھ چھُ۔ منہٕ منز رتہٕ سرِ ترایہ زالیتھ چھس ظلماتہٕ وتن پھیران تہٕ اتی چھُم نورانی زٕتُن ہنٛد کاروان رسمہ ریٖتھ روٗح کس لانہایت عرفانس منز گاشکی خیمہٕ سجاوان۔ پیتھ کم گیتہ روزمترہ حیرانی پتھے دیدن تل ژھوہ ماران تہٕ چھینہٕ قلمس پیشراوُن ممکن، نہ ہیکہٕ سہ بیان کرتھ۔ زلو چھس ناتہٕ ہٹتھ! تاہم یہ کینہٕ ژھا ممکن چھُ سیدان تہٕ چھُ کاغذس سوتھرس پیٹھ دہراونہٕ یوان ـــ لوکھ چھِ دیوان "پھیہے گئے شاعری" ـــ یا دیوانگی!

بہ چھس نہ پانس کانہہ فنکار یا شاعر ونان ۔ اما پوز
یار دوستو ییلہ تہ میانی گنگہ رارے بوز تمو ووُن
یہ گژھ ضرور اکھ شاعر آسُن ۔ اتھ کیاہ ونہ بہ جواب ۔
پزر چھُ یہ زِ ہرگاہ بہ قلم تُلتھ حرفن تار کھ جُرتھ مالہ
شیرتھ پوشہ وَلنس لولس ارپن کرہ ہا نہ ، یہ آسہ ہا برشس
ہیتھ سونزلہ تہ شاہری رنگہ سیتھ کنواسس نقیر گمیہ
آیہ لوکچہ منظر نامہ یارا ودی پارا ودی شیران ۔ تکیازِ مے
چھُ پانس اندری تہ انڈ کیچھ تہ کشُر تام لا یزال بیچ
رنگی اچہ راتز تہ گتہ گُچھر ٹلان ۔ ییمہ وزِ سوُرے
سمسار شافل نندرِ منز سس چھ آسان ، بہ چھس ییمہ
نبے برشن ادیس بو میوری شیران ۔ ونی ہمہ یار
سوُنبران سونبران چھے جشلہ وُشنہ اُشہ داتہ نظر
شونژ راوتھ وندری کرکچھر ، سیچھ سان بدِ کلہ تہ
خاطر کاغذس پیٹھ ادُک ابدی گاش منزِ چھُن کران ۔
اَتی چھُ فن پانہ تمتھ یوان ۔ پرن والی کیا کرن محسوس
تہ زانن تہ پرکھاون تمے ۔

بیسٹہ ماری منز ماجہ ہنز اولہ ہز نظر گژھ ہمہ دہ ہے

## دُسلابہ

### علی شیدا چھُ ہونگ، شوقُک تہٕ تعشوقُک

مستانہٕ دار مثرر ہیتھ شاعر اَمِس چھُ رمِس رمِس منز
لُوکہ نٔتھ رُوس مُثرر الوٗل چھُ اندرہ اگرک ہر لحظہٕ نوٚ نوٚ زھایہ
مارُن انہایت تہٕ اَتھاہ مُحیط ییتھ عقلہ پتہٕ محدود نظرِ ہیتر
ولاچیاری کِنہِ اکھ انداز، سیکھ اپار، سنیر پاتال، تہٕ تھزر
شنیاہ متسر گوٚرشُنت چھُ ۔ اتھ محیطس منز چھِ ساری پنہٕ
پنہٕ آبہٕ رھایہٕ مارٕنچ زھومبہ کران ۔ تماہے کانہہ چھُ ونگ
دِتھ کینہہ پنے لبان تہٕ پتہٕ محیطکِس بےتماہ تہٕ بے اَنتھ زیرتہٕ
منز زھیپھ دِتھ محیطک اکھ ارشمین تہٕ لازوال حصہٕ بنان
پتہٕ چھُنہٕ تمُ سُند کانہہ تہٕ پنے لوان ؎

آنال کہ خبر شُد، خبرش باز نیامد

لولہٕ کہ مالامال محیطیچ ہیبتناک عظمت واجنی، نبہ
گرٛزنیل گرٛیزِ تہٕ شور، مَلرِن ہُنز پاتالہٕ بیچھ پانژ السِ
تام کھسہٕ وِس روزِ دوہے کائیناتس تہٕ اتھ منز روزن
واجنین تمام زُوِ زاٗژن، شوقکہِ مَس تہٕ عشقک مستانہٕ

کرُون تہٕ وونٛدس مشرٕ ٹلہٕ وُن زُلال چاوان ۔ علی شیدا تہٕ
چھُ امی لانہایت لولہٕ محیطُک سَہ آلاو ۔ مے چھُ سُہ محیط چھین
لہرٕن پیٹھ بیٚ وایہ پاٚٹھی ژھالہٕ نوان ڈیشنہٕ گژھان ۔
شیدا آو "سوزِ نزِلہٕ" کھسِتھ ژھالہٕ مارٕتھ تہٕ وادیاہ موٗلی
تہٕ رسلی غزل، یاتھ اکھ تہٕ وَترٕن اَین بتراتھ ہندین لولہٕ
پرٛاربن کِتھ ڈالی ۔

اَز چھُ سُہ لولہٕ محیطس ڈنٛگ دِتھ نیٚنہٕ شباکھ رٕنبہٕ
وٕنی شعرٕ سومبرٕن "کرٛہن شین" پَتنہٕ لوٗریحٕ ڈالی ہیتھ
آمت ۔ "سوزنزل" چھپیتھ پتہٕ کجہٕ علی شیدا ہن اُنزکہ
زٕ لو کچہٕ کتابہٕ "رٕشیمہٕ آبہٕ" (۱۹۹۱ء) تہٕ نعتہٕ سومبرن
"فضلِ علی" (۱۹۹۳ء) بازر ۔ مے اوس شیدا سنز "سوزنزل"
ناوکہ شعرٕ سومبرٕنہٕ گوڈنیکتھ مثرٕ وُنمت زِ شیدا سند عشق
چھُ حقیقتُک تہٕ مجازُک گُل قند ، یُس شہ وُن حرارت تہٕ تیٚب
تاب ہیتھ ۔ "کرِٛہن شین" چھپیتھ چھُ یہ حرارت تہٕ تیٚب تہٕ تاب
سیٚٹھی توانائی ، وسواسی تہٕ رَد حکیہ امارہٕ تہٕ شرٕ رکھ وَہوٕنہٕ
ترٕ رسان ۔ یتھ پاٚٹھی محسوس گژھان ۔ بہٕ کرٕکینہٕ مثالہ
پیش سہ

پَنٕنۍ سبزر رُٹِتھ پوٗگُس تہٕ نَنٛدٕ سرحدن لوٗگُس

گوٗلُس بہٕ تاپہٕ برگ بوٗ ونٛدتھ ردن بدن لوٗگُس

ترٛگُس پاشہٕ کوچہٕ ہیٚر گرن لوٗگس تہٕ چارہٕ سمکھنس

زمُنس زمُنس مسٹرر ہیوٗلُس تہٕ ہیگ وٗدن وٗدن لوٗگس

ژوٗمُٹ مے وَچھ پَنٕنۍ یگہٕ دِتُم مے جولہٕ تَس ٹرتھ

سِسٕرٛزن تہٕ پَن منگِتھ اوٗنم تہٕ تروٗپ دِلنس زدن لوٗگُس

۵

ل

مُرتہٕ گرے تہٕ یکھ اگر کفنہٕ تُلِتھ مےٚ کُنٕ وُچھکھ

زوٗنہٕ اُچھن چھُ انتظار چانہٕ جوابہٕ کےٚ لگے

پوشہٕ برگ اُچھن اندر گوشہٕ نشین گمٕ تھوی

ہوشہٕ ڈوٗلُس توٗ رے چیٚنٕنے پیالہٕ شرابہٕ کےٚ لگے

سونتہٕ مُترٕی کیٚتھے لگن پوشہٕ چمن بہارکی

مےٚ چھُ وچھِس نوٗ وےٚ زخم تازٕ عذابہٕ کےٚ لگے

۵

آنیہٕ ژھانڈان منگُ وُپھل کوتر

خاب رُسوا گرٛژھان حریرس منٛز

۵.

سۆن چھُ کوتاہ تہٕ یہٕ تہٕ کُنٛرگ مقام
توٚن تہٕ گوٚن آسِتھ تہٕ توٚن تمۍ سُند جمال
دوستا ! مَرنُک مشرٕ زالی کفن
زندگی ہُند لولہٕ ہوٚت معنے سنبھال

٥

دراو مَا کُنہِ شایہِ پَے لو کچارِ سے
ژاو مَا لیہِ بر ہنگن نیوت ولو وُچھ

٥

آشہِ اَنہُرکِ شِہ ، باشہِ لو کچارِ ژ
کاش کم کم وِچھکھ مُسرِم ازماں
تاپچھ پَتنے گزٕلی منے گومت چھُم
سایہِ لکہٕ ہندکِ منے گاشرم ازماں

٥

چائنی پاٹھی چھُس بہٕ چھکرآوتھ ژو یارِ کر
داوِ لیہ کھاۂ میانہِ گرِ یارِ پچ خمیر
ضایہ چھُس گومُت سنگستانن اندر
ہے جنونس چھَم نہٕ انہارِ پچ خبر

تا پیڑ ٹھیکی کُرٹ نام چھس سو چھ ہمتر زیشتھ
امہِ سوا کینہہ چھم نہٕ نو کچیارٕچ خبر
اکھ مہ کر پیتھ زٕول استا ئتس لگے
بیمہ مہ پٕزٹھ مستصور سند دارٕچ خبر

۵

پیتھہِ دراو نہٕ آدم جنتہٕ پتہٕ زولاتہ ٹُھیتھ
دیوارن مترکتہ دیتہٕ انسان قل ھُواللّٰہ

۵

پہہہ نیو پینہٕ پوتیر لو اطلاس چون
میون ہوی زُدی لد ہلم دارکھ کمیُس
سجر نے کوس تیندرٕ ٹُرو دوٹھ یارٕ پل
بے شرم مارن چھ اچھ تار کھ کمیُس
گر دٕ بیٹھ لیکھان تہٕ نہٕ یاون زٕ کیا
کاٹھ ترٹے نے داری ٹُر کیا دار کھ کمیُس

۵

لوین مے وچھیس تار کُنزٕ لو کہِ مُتیر ہمتر
گُلو اوس مُران داو کلبس ٹھایہ ٹرے وچھتھا

وۄشِس یِتھٕ تھوومُس لِفافس منٛز بٕرِتھ
سرٕ قدٕ سٕے دٲپِتھ نومراد خط
اَچھِ رٔنگی تھوٚوی مَس تیٚو نِگل سینکِ ژٕرِتھ
شۆنہٕ وُچھِس ستیٚن زٔٹھ شیٚہلاوِ خط

بشالہ ہیکو واریاہ برٕ ونہہ کینہٕ تھاوِتھ۔ "گرمِتھ شین" چھے دارِہس حدس تام منتخب شعرن، غزلن تہٕ نظمن منٛز سومبرن۔ یمن شعرن ہند سوز، خلوص، بے ساختگی، سہل ممتنع کاشر زبان، معصوم لہجہ تہٕ خیالن ہند اظہار تہٕ تِل تراوٕ تہٕ نرل تجربن ہنٛز کوندِ منٛز یِتھ بے ریالولہ یادٕ چھ ملاوان زِ علی شیدا چھُ برق بقاری سان واریاہ منزلہٕ بروٚنہہ پۆکمت شُر چھُ کامیابی سان شعرن منٛز سرتاز مُدریر، رُوح پرور تراوت تہٕ انسانی درِچ سوز، اثر تہٕ بے لوث دُبراے، زُو ریتھ ہیتھ مخصوص کرناوان۔

یتھ سومبرنہٕ شیدا صٲبن دِژ منٛز ترتیب بدلاوٕ منٛے ساری۔ تمہ چھُ وچھی زِ مسودٕ پرِنٹس تہٕ شیرِنس ہیول منٛے واریاہ وقت۔ کاتِبن تھوو مسودٕ الہِ پلہٕ شین وٕری ین منٛدسّ تِل۔ یہ چھُ تمس اتھ گرٕ گرٕ سندِ تلہٕ کوڈ مت

تہٕ سُہ تہٕ اڈٕ لیٖوکے ۔ تمی چھُ مسودک کینہہ حصہ میاَنی عزیز
تہٕ شاگرد ثناءاللہ میر صابن کِتابت کوٗرمُت ۔ تمیُک سنٛد
شُکریہ چھُ شیدا ہس ضرور ادا کرُن ۔ زانہتھ مانتھ آلترتھ
کاتبس تل تگن کوتاہ دروگ پیٚوٚد تتھ چھُس بے ذمہ دار ۔
رب کرُن اسہِ سارِنے ہدایت تہٕ بے ریا انسانیت تہٕ لول عطا ۔

ییتھ سوٗمبرنہِ چھُ مے داریاہ پھیر دیُتمُت ۔ شیدا
سنٛد معصوم تہٕ خلوصہ بوٗت اصرارٕ ڈیچھتھ تمیُک سنٛد لولہ
بوٗرُت دل رچھنہٕ خاطرٕ چھُ مے غزلن ، نظمن کُنہِ کُنہِ
ادبہٕ یور نقطہٕ پھیر کرنہٕ دِژِ پنُن قلم تہٕ ڈولمُت ۔ یوٗزِ سہ
گوٗنٛزِ شیدا سنٛدِ دل تسلاہ خاطرٕ ۔

وومید چھےٚ زِ شیدا استہ یہ شوبہ وٕنی تہٕ لوبہ وٕنی شعر
سوٗمبرن کرن سارۍ ادب نواز دِرتھِ واتنہ لیپند ۔ مے چھُ
پورٕ پژھ زِ شیدا یمہِ تیزی سان ترقی ہندِ کِ منزلِ پراوان چھُ
سوٗ کرِ تمیُس کاشرِس ادبس تہٕ شاعری منز اکھ نمایاں ، ممتاز
ماوُن تہٕ باوُن تہٕ تھکنُ لایق مقام عطا ۔ انشاءاللہ
اتھ سفرس منز چھُس تہٕ اَمس ڈکہٕ دُعا خیر متھ ییت نظر تھاوتھ ۔

پروفیسر غلام محمد شاد

بیت العارفین
بجبہاڑہ
۲۷ مئی ۱۹۹۶ء

شہنشاہا ہِ چھُم اٚیِن پننہٕ نٔے
محبت چوٗن چھُم مٔتے دِپَن پَننہٕ نٔے

ڈیٚکس مَنٛز گتھ چھُ ماران شٔجدٕ لولُک
اٚچھَن تَل جَذبیے شوقِن پَننہٕ نٔے

رُمیتھ مُت اٚنہٕ پَننٔے بٕرونٛہہ کَنہِ چھُم
وُٹھَن پیٚٹھ کوٗل گومُت اٚمِن پَننہٕ نٔے

ہَتو واوو مَنٛو وٲراگ تُلتھ
ہَتو واوو بہٕ چھُس غمگین پَننہٕ نٔے

نَظر چھَم رٲسی گٲمٕژ نَظرِ یکھنا
دِیَم نا اَز دِلَس تسکین پَننہٕ نے

نَبکی تارکھ کھوٚرن تَل سُجدٕ کرنَس
ژٕلیَس لیکھکھ ڈیکَس آیٖن پَننہٕ نے

سَبز چھُکھ سوٚنتھ چھُکھ شبنم شُہُل چھُکھ
اُچھَن ہُنٛد گاف الف تَے شٖین پَننہٕ نے

علی شیدا دِلُک وٲراگ لَلہٕ وان
کرُس نَظرا کرُن تآبین پَننہٕ نے

شانِ پیمبر صلی اللہ
نورِ مُنوّر صلی اللہ
نامِ محمدؐ وِردِ زبان چھُم
مُشکِ معطر صلی اللہ
شمس و قمریَس گنتہ چہ کران
گاشک اَنبَر صلی اللہ
صاحبِ فُرقان اُمّی سون
کُنڑک ہر تر صلی اللہ
ئے کُ ڈریاو ئے نِش نوّن دڑاو
غائبک مَنظر صلی اللہ

عرشِ معلّیٰ    رَبہٕ سَند مہمان<br>
بالا بَرتَر    صلی اللہ

وُتھ تے وَتہٕ گَنڈ    ژِل تَے شیہلَتھ<br>
تارِک تہٕ رَہبَر    صلی اللہ

علمُک آگُر    کلمُک میچھر<br>
معنہِ تہٕ مَصدَر    صلی اللہ

شیدا لگُنَس    رَتہٕ چھپہِ ناوِس<br>
شعر تہٕ شاعِر    صلی اللہ

شاہِ دو عالم ماہِ مُزمّل صَلّ علیٰ
نورِ مُدثر اَکمِل کامِل صَلّ علیٰ

شٔے
گتھ چھ کران ژٕ بیٚمہ سمساہٕچ ہر کانٛہہ
پٔرتھ اَکِہ شٔے ہُنٛد ژٕے چھکھ منزِل صَلّ علیٰ

شمس و قمر چھی ژٕے پَتھ دٔراہتی جاہہ ژٕرِتھ
سونتھ، ہُرد چھے چوٗنے مایِل، صلّ علیٰ

تس کیاہ پَروا داو طوٗفان گِرداَبن ہُنٛد
یتیمی سوٚمہ دامَن چوٗنے ساحِل صَلّ علیٰ

وچھ کِتھ کُنی پیٹھ ظُلمَس حبرس نورُک گاہ
وُچھ کِتھ کُنی گو رُسوا باطِل صلّ علیٰ

جن و ملک انسان دوہے صلوات پران
نعت پران چھی یارِ تہٕ رآیِل، صَلِّ علیٰ

کلمُک آرِک تار چھُ چانین حرفن تام
بس چھکھ ژٕ اکھ معنے کُل بٕیِل صَلِّ علیٰ

کرِ لوٗٹھ چھُ شیدا دَردِ دِلُک گوب بار مگر
تَس کیاہ غَم یَس آسکھ دردِ دِل صَلِّ علیٰ

ماہِ مَت۔ اَنہار چونے جَلہٕ چھُم ہاواں لگے
ہارِ وُنی نَم شیٖشِچ توٗرے چھُس داغٕ مَژراواں نگے

پوشپر پوٚ ووٚنہٕم زُرے چھی قندیل نَتہٕ شہرَس زوٗن پآری
میانہٕ ژانگِج رٮ۪ہہ وُچھنہٕ چھکہ واو دُفناوان لگے

دٔترِ پوشَن ہُنڈ ضرب چھُم سینہٕ ستھرَس دگ تُلان
اٚتھرِ لَد پھیرنس اندرَ چھُس تاپہٕ سوٚتیٖراوان نگے

گردِ بُزی ہاوُس کَرَکھ نَتہٕ شایہ کینتہٕ پاٹھِن دَفن
دردِ شہرَس ژانگی برہم راہ چاٹگی زھیوٚراوان لگے

دوِن وُڈھن ہُنٛد کُن اُسُن دوہ نوٕنی اُچھن ہُنٛز کُن طُفان
وِگنہٕ وُنہٕ وُن وِگنہٕ اوٚش مٔژ نندرٕ وُزناوان لگے

بُلبُلا سونتک ہہ مس چھے بے وفٲیی ہُنٛد زہر
بیعقلا کتھ چھکھ مزارن پان پُشراوان لگے

باخدا زونم ہہ زانہہ کیاہ قبلہٕ گو کیاہ گے نماز
نے ہہ چھس تسبیح پھِران نے سجدٕ گنٛزراوان لگے

گینی ڈیکس ثنی جامہٕ سنزٕ آوِتھ وُچھکھ دوہ دہری منزول
میٲنہٕ صبرک تازیاون چھکھ ژٕ ازماوان لگے

لولہٕ چشمن ثید آہس گاٹہٕ متی فرانگی ترلشہٕ ٹاکی
کربلا در کربلا چھم ترلشہٕ ہوٚت ساوان لگے

پَنُن سبزر زٕٹھ پوکُس تہٕ نجدٕ سرحدن لوگُس
گوٗلُس بٕہ تاپہٕ برگ ہیوٚ ڈنٛدِتھ زدن بدن لوگُس

نوٗگُس نہٕ کوٚچہ پھیر کرُن لوگُس نہٕ چارٕ سمکھنس
زمس زمس مژر پھوٚلُس تہٕ ہیٚک دن ودن لوگُس

ژوٗلُم منٛےٚ وچھ پنُن بگھہ دِتم منٛے جولِ تس برنٛھ
ہشرن تہٕ پَن منگتھ اوٗنم تہٕ ترٛوپ دِنس زدن لوگُس

سکوٗل آنگنس لیکھتھ چھُ گرد پیٹھہ شہ حادی ثا
ورق ورق حرف ژلمِ تہٕ اُتھر کاگدس لوگُس

چھُ شفقہِ لوٚنچہِ مَنز ڈلِتھ چھلِتھ چھکِتھ ہلال ہیو
شہج شہج نظر لجس وشن وشن بدن لوٚگس

توٚرس تہ نارَ کو رزِٹس پَرَدہ پیچھِم تہِ ووٚپھ تُلِتھ
سرس ہاپارِ خیمہ دِتھ تمَن سرو قدن لوٚگس

دوہلی اَتھو وشتھ زوٚلم چھٹُل وباکی پوشپرے
کزلی کوٚرم ازدن پیٚن بے ساز مقصدن لوٚگس

موکلُل بیناَ مہ شیدا ہس یوہے چھُ چانہِ ہاوسک
دپان ئہ لولہِ عاشقا یہ شعر ابجدن لوٚگس

حرفن ہنز رنگہ نوٗرے لشپاں نوٗرک گاہ چھے بسم اللہ
لاکس سوٗدرس ناوِ نمس پیٹھ الا اللہ چھے بسم اللہ

مأنزِ گلبن ہنز تیہہ ہوٗمرادی ہرد ہواوک پاردشی
گفینہ پچھن پیٹھ لیکھنے آمت وأنسہ جمع چھے بسم اللہ

سوٗپنہ ٹری چھے مس ہزراوان زن پزراوان سُنبل پوشن
صُبحے پرارال داُن تھرن پیٹھ سونتہ ہوا چھے بسم اللہ

سوٗت سوٗت طوٗفان بادِ چشمن نیم شبیچ ہش خاموشی
أندی أندی کھیران گُل روخسارن جوگی دُعا چھے بسم اللہ

آیہ قرآن متی آیہ پران سوٗتی آیہ پران ڈتھی جاناوار
شبِ قدرے ہندِ کھولونہ سحرک بُرگہ صدا چھے بسم اللہ

قدمن چانِہن خاہِ چ لے چھم کعبچ شے چھم آبس ستی
نلہ وٚڈھ شلہ کے اڈش کملاون شوز ٹ ریے بسم اللہ

تاوس پہ چانہِ ناوس جرسے اشہ قطرن ختہ لرے
رتس یمبرے تزہ سیبک سے حرفہ گواہ پیے بسم اللہ

بوہ ہتی ٹورن پرد لود تزا دکھ چیدکھ بلا دکہ ناز ستی
عشقہ نبچ بیمنہ چیدہ نیدکھ دوا پیے بسم اللہ

یمرہ سو نتیج ہبنز پری مشر لڈبہ اشخن پیٹھ باتھ گیوان
مانی ہشہ انہار مصور، غزل سراچھے بسم اللہ

میلنے مرانچ شیچھ پیلہ بوزکھ روزکھ کتہ اد جامن منز
وتہ وتہ ونتے پچہ پیٹھ پراران ژے شید اچھے بسم اللہ

اَز کُس مےٚ چھُم مَرٕ نَنٛد یِہ وُزناواں ژٕ رِ ماپے
سِرتاز زحمن کرٛالی نہتاواں ژٕ رِ ماپے

چھُے یاد کَتیشہ آسی گِنداں بٔرٕ بجہ گُجٕبن تَل
بجُوزُم چھُ تَتہٕ اَز جُوگی سُنٛد اَستان ژٕ رِ ماپے

بکھنا ژٕ مےٚ سِیتی نِدٕ یہ نَحوٕ چوٗنہ ہٕمُم ڈٲلی
کوتاہ سَنا بیو دوٗر یِہ اَسمان ژٕ رِ ماپے

نرٕگاز ٹاٹھے اکھ اَکِس لیچھیائے تھٕن پیٹھ
کُس تام چھُ رٕم ناو نہناوان ژٕ رِ ماپے

وڈٕ نمے یِسٕین چھُنہ نِدٕل رَوا روٗچھ چھُ فتنَہ
سوٗت سوٗت چھُ قدم واو دَ نناواں ژٕ رِ ماپے

معصوم روشن چون دُچھوم دارِ لیوٗ منزٕ
پوٚن ژھاے چانٕی اَس پریشان ژٕے ماپے

مَنز چھان کیاہ اَس آرٕ بٕچھ کاچہٕ ٹینبر زٔل
تِم ناپہٕ ٹیکی چھا اَز تہٕ کران سَران ژٕے ماپے

شُری اَسہِ چانین وانگہٕ بَتِن زور ژھنان تَھپھ
تَتہٕ اوس ساتِمہٕ نِے ہُوے اَنزان ژٕے ماپے

بوٗزتھ تہٕ وَنیوے زٕ کِکرٕ پوش مَہ چھکراو
سوٗسن کھَسَن یِم کاگٕل قبرستان ژٕے ماپے

مٔتے تیٚ اَس چانے بالہٕ پانٕچ ژھلے گنٕے مژ
شیدا چھُ لیکھان شعر دَیال جان ژٕے ماپے

ٹھوٗرِ ژٕ تُلان وَشفہٕ چھُکھ یام حجابہٕ کُے لگے
ماگہٕ گژھال مٔنے بژانتی چھم ہارٕ گلابہٕ کُے لگے

مَرنہٕ گَرَے تہٕ یکھہ اگر کفنہٕ تلہِ مٔنے کُن وُچھکھ
زُوٗنہٕ اُچھن چھ انتظار چانہٕ جوابہٕ کُے لگے

سے
عشق نوان دوہَے مٔنے چھُم سوٗے عَرب طوافہٕ
عقل دَپان وُچھتہٕ ہیکا روٗے بہٕ کعبہٕ کُے لگے

کیاہ
وِگنہٕ اُچھہٕ چھُہ خوٗن دِل دِگنہٕ وَسان گرِس تہٕ
لاگ نَمن ژرٕ چھُے یِہ ہَے کار ثوابہٕ کُے لگے

پوشہٕ برگ اُچھن اندر گوشہٕ نشین کُمی تھوٗی
ہوشہٕ ڈولُس تَوے چلنَے پیالہٕ شرابہٕ کُے لگے

سوئنتہٕ مٔژی کٔتھے لگن پوشہِ چمن بہارٕ کی
میٖنے چھُ وٕچھس نوٚوُے زخم تازٕ عذابہٕ کٕر لگے

کٔژ لیشہٕ وٕنن چھُ پنٔنہِ دلیشہِ کھیش ڈٔلیتھ سہ جوٚگی ہیوہ
نٔژ ریشہٕ ہتین چھُ بربم دِوان نیشہِ سَرابہٕ کُے لگے

پٔتہٕ تہٕ دِژھ نہٕ زانہہ نظر ازتہٕ خبر ژٔے یاد چھےٚ
معنہِ وٕچھن وٕنیوتھ نازانہٕ ٹہ خابہٕ کُے لگے

ہوشہِ ڈٔلتھ تہٕ توشہِ وٕن روزِ شیدا ژٔے گھمکُن
روشہِ مٔژی ژٕبوش رٕچھ پوشہِ نقابہٕ کُے لگے

واو چُھم واوَس اندر ییٚنہٕ راوِ خَط

ہَرنہٕ چشمن سۄرمہٕ ماچھلناوِ خُط

میانہِ اَشہٕ وانِیک بے رنگ کاکَدورُق

چانہِ اَنہارکہ رَنگہٕ بَدلاوِ خَط

وۄشُ پُنُن تھوٚوُمَس لفافَس مَنزبُرتھ

سَروِ قَدٕسے ما پَتھر نۄمراوِ خَط

اَچھرٕ ژٕنگی تھوٚوُمَس تیوٕ لَنگل سینکرٕ جُرتھ

شِنہٕ وُچھس سیتین ژٕٹھہِ شیہلاوِ خَط

زۄنہٕ ہُنٛد پراگاش چھس ژامُت پرٕکرٛ

تارکَن اَتھِ ما توٚے پُرناوِ خَط

زۄنہٕ راژَن چشمہٕ تھاوِتھ اَڈٕ وَژھے

لَرِ تہٕ لۄرپنِنِس وُچھس تَل ساوِ خَط

لولہِ دَردِکہِ نارٕ ییٚلہِ وأنج ژھۄکِس

ژٕلبشہِ سیتی ہِلناوِ پانَس چاوِ خَط

پوشہ ورشن زن کریس یوون بہار

پوشہ مژ میشانی ہیتھے مژرادِ خط

پاٹ پھیبرنچ لونیچہ ہیتو دوکھرادِ پوش

ژکو ژوربے پیلہ ہریچہ ژکلاوِ خط

ناش باب ہم ہسرس غلدت لشن

خطا بژہتہ بزیمن بیس باچِ خط

تھیہ ترہ کمہ تنزدِو زمزوہ بیس انادر

کالہ سہ کس اسے زشنہ خط

خط زشتہ ہکپتاوِ وچو زشتہ پنن

بیتہ گہتو پھیے بدل منگناوِ خط

ماترِ گمی بیون بیون اگر پڑ زہنس سوال

بانمِ جھیری کس اُکس پلتاوِ خط

گیشا شیم اذ بران چشمن چھ میل

تر اجھیر دلو نیکھیتہ کس تھادِ خط

رَتہٕ چھِپہٕ پَتنُے اَکھ رُوتلِہٕ خاب ڈیُنتُس
لَوٕ ہَتہٕ سوٗنتکُ لوٗشچِہ گَنڈٕتھ اخاب ڈیُتُس

وَچھ کامِن تُل وعدٕ وٗوپَرٕ زَن نارٕ کَنترُ
ژھیٚتہٕ ما گوٚو زانُہہ کوٗشُر ناگُک آب ڈیُتُس

کوٗچھ مَنزٕ پھَلہٕ پھَلہٕ گُنزرِتھ کُھوٗس تارِکھ نَب
موٗچھ مَنزٕ سوٗمبرِتھ یٮ۪رٕ گوٗمُت سہلاب ڈیُتُس

کِھلہٕ ڈُنھرن پیٹھٕ گلہٕ تھوٚو شیرِتھ شیٚہلتھ شُل
تاپہٕ وُتَن اوٚش چشمَن ہُند نایاب ڈیُتُس

پَنٕہ دُتھرٕس لیٚوکھ سَتہٕ دُرِ ژیے کیُشت جوگر دَوا
سَسنٕہ پوشَن پیٚٹھ تھٲرِ گوُمت شیٖہلاب دیُتُس

گُسنٕہ دِنٕہ ما چھُے یاد یوان شُرِ بٲشہٕ پَنٕنی
بے چارٕس اِلسانٕس دِل بے تاب دیُتُس

نُوتہٕ پھیٚسر پوسنتی لیکھوُوم تقدیر یُیُن
سِنکہٕ مسحراوَن دِدیداوتھ سنگلاب دیُتس

تَس ما گوٗو زانٕہہ ہاوَس ناوَس ووٗندمَس زوٗ
شَیدا لیَس لوکچار پَنُن دُسلاب دیُتُس

مَنہ کیس اُلَس معنہ لیکھالت یَسنیاٹس ڈُھم
ہَمنہ ہَمنہ پالَس دَذنہ دَذان اُطلاس دِھم

راپہ گمژھان کمَ ژھاپہ چھ پھیران دارین تل
واپہ مَران دُبراپہ دِلَس تلواس دُچھم

شونخ دُپھل کمَ شوق دَوان کمَ پُڑی یہ بَدن
لولہ کتھن ہِنڈی نغمہ گیوان سُے خاص دُھم

ڈُری بہ بَد لوبیٹھ ٹرکیہ بَران سَرتاز سبق
پار دی ذاتک تژ ڈبران ٹژہ کانہ پاس وچھم

سینس لیکھتھ تعویذ پیران ڈریادن منز
شہر وتن پیٹھ آدی رتہ کھی کاس وچھم

ہر دہ ہرے مئتی بوتہ وٗتھر ہیو جولہ بران
جوگی دِلکٕ لوہ کچار پیٹھے ڈن واس وچھم

شانہ گوندن تل زرد گوہ لانچ گرد پیری
دلوارس پیٹھ نیتھ نوٗن کُن کنہ واس وچھم

حبشہ دکانس شامر ڈیوٗ شٹھم سورمہ کنان
زھمر ڈلیتھ اکھ گرٗ اکھ تہ خاص الخاص وچھم

پکہ زھیون گومت دردہ وتن پیٹھ شیداسون
بانڈری بانڈری شعران ہند سخلاص وچھم

گُھنٛد باپتھ دوس دَر دِل یار مُشراوُم متیو
سُے ژوٚلُم رُوشِتھ مےٚ یٚیمۍ شۍ یادی کَلہٕ ناوِم متیو

لانہٕ لیکھِت اُس مےٚ یِیٚمہٕ بالیچ دیوانہٕ گی
زانہٕ میٚژونۍ پان کَم ہاوَس مےٚ دوٚبراوِم متیو

تاوٕنکہٕ بانزٕ ہیشرآیم یاونکۍ دوہہ تارٕ موٚلی
چھاونک اوشُم طمع پوٚنز چھاوۍ راوِم متیو

جانہٕ وارَن دارِ ہٹی مُژرِتھ دِتم گُشنیرٕ کی سوال
میٚانہٕ آنگنٕز سوٚتھ پیٚیہٕ نا بَرٕ وٕتھی تھاوِم متیو

دۄہے اَکھ سۄزمَس پٲغام ییہِ نا اَکھ شَباہ
دۄہے تعویزِ کٔرمَس نالی تَم ترٲوِم منتیو

دٲنِس دۄزِس گارۄنی اۄش ہارۄنی اَتھ دارۄنی
پرارۄنی نیہَر ٹینٛگِ بہ ٹھۄنس ماتزِ نَم رٲوِم منتیو

شامَس تامتھ بہ آسس اِنتظارَس ییہِ پیارِ
امنَس تامتھ پلو اَشہِ وانہِ چھلہِ ناوِم منتیو

پمے پُشرُژھم شبنمَ پھیٚرن نے کوٚزھ دِتھُم پیٚتھ بَرزلَن
پوشہِ دُتھرن تام چاٲنی ناو لیکھناوِم منتیو

دۄرِ بۄگی یِم داغ دِتنَم دِلبَرن زوٗنُم یِنام
پوشہِ ۄنی تِم پوشہِ کُلی زاۓنتھ منے سگناوِم منتیو

ڑسے پڑون اوّبرِ جاہِ چھلان صاف وَتَن پیٹھ
سوے پڑاْنی مَسوَل تاپھ دِوان بُرزِ چھتَن پیٹھ

بڑتھ شاپہ چھُس کَتھ شایہ لسکھ میانہِ گرُک نیب
لیکھاکھ ژِ کمِس خَط تہِ لیکھاکھ کیا ژِ خَطَن پیٹھ

ڈِی زلس ژرے ما چھُی جولہِ بُرتھ سُوری گمتی خاب
سمنجھی ژرے اگر میانہِ دِلک جوگی وتَن پیٹھ

گوب باسہِ ہے ما گورِ ملَن لاشُس نگہہ میٹون
انِنہ وانہِ لیکھم آیہ نجاہ تکی متے اتھن پیٹھ

لَژھ آس گنڈان لونچہ ہُنٛم نٲرٕن پھکان اوش
اخنابہٕ کٔنتھ دژاو ہیٚنی ژھاے وُتَن ہیٚبھ

ماںڈان ٹہٕ اوُسس گاشہٕ لیَن ژٕھمبرٕ کُٹھس مَنٛز
ژھانڈان پہٕ کمِس چھکھ ژٕلتَن تَل تہٕ وُتَن ہیٚبھ

زرد ڈیو سبز سونتھ نبض بیوٗٹھ زمانَس
چھکھ ماژٕ دژاہٕژ پرد ٕتُلتھ دردٕ وتَن ہیٚبھ

غزلَن چھہٕ دِوان خونِ جگر چوٗن علی شیدا
موت شاعراہ دلیوانہٕ پھیران لولہٕ وتَن ہیٚبھ

اَستانہٕ کمَ تاں راتھ مُناجاتھ پَران آسے
مستانہٕ وَتَن سوٗر ڈُوان جولہِ بَران آسے

شایَد چھ چانے زوٗنہٕ تھوٗیمتی قادِنیَن مَنٛز
تم تاپہٕ ٹِکی یم آنگنَس اَسہِ موٗختہٕ جَران آسے

سُنیاسی گنٛان مُرزہٕ ہیوان سوٗر ڈیکَس کیٚت
سامِتھ چھ تھوان تازہٕ پگاہ راتھ مَران آسے

اَفتاب بہان اَز تہٕ وَچھس سیٚتی دِوان دام
مہتاب اُچھَر وال چانی کشف کَران آسے

محمودؔ اُچھن مَنز چھُ بُستھ نقش سَراپا
ایاز زُلف وُچھتھ قدآور نہٕ دَران آسی

وٕہرأژ رُدس گوٚنہٕ تھکھے تھٕچ نہٕ پٕنٕنم راتھ
ساٗلاب جنگلی طوطہٕ ہیتھ تعویزٕ پَران آسی

وٕہتھ آس سیدٕکلی شاڈٕ گُڈٕری دادِ منگاں ترٕلیش
گٔژ نام شُری مُشدِ بَرس نقش کھٔنان آسی

کمہٕ لولہٕ مٔشرے ترٕوو زٕٹھل مَس تہٕ لوٗگے شاپھ
تہٕ دار شیدا شعر چاٗنی کرٕ فکرٕ تَران آسی

اَکھ نٔوے رونقا ضمیٖرَس مَنٛز
شوق گٔردِش کراں شریٖرَس مَنٛز

دورِ گُلِستاں دِواں ٹُھدری آلو
سَبز شہَرن ہنٛدِس جزیٖرَس مَنٛز

دانہٕ پَتہٕ دانہٕ کٔن فُرائچ ترٛلِش
کرَبِل بێیہٕ چُھ دارِو گیٖرَس مَنٛز

آنٛچہٕ ژھانڈان مَنٛگ وُکھل کوٚتر
خاب رُسوا گژھان حریٖرَس مَنٛز

کاینانُک سُہ کُن تہٕ کیوٗل راز
معنہٕ بخشان ذرن ذخیرس مَنٛز

شیشہٕ تھوٚس ہیوٗہ بسان چھ نظرن پیٹھ
تاپہٕ ٹیوٚک ہیوٗ چھُ زَمہرِیرس مَنٛز

عقل ذہینتہٕ دِوان دِلس تسکین!
بادشاہی گیٚمژ وزیرس مَنٛز

پوشہِ ژٔھرن لیکھاں علی شیدا
پوشہِ موٚت میون کاشیرس مَنٛز

عاًنس غاًنس نو کیتیج ژھلے
نوکِتہِ چھ اَسہ دو نوئی ہمساے
ٹارِبن پیبٹھ پوٹ شائیج زِچھ
نَتہِ پھرستن ہنزِ وٹھ پھسرے
میتہِ اُس شاہری وُزمل ٹاٹھ
ژیتہِ رُٹھا مہ چھ مَنز گگراے
شینِہ شُہر پیوٹو وا اُتھہ سون
بیتہِ پھیورتھا نیٹہِ ڈراوس کھش
بیتہِ دِژتھا زُلفن سوے گگراے
کفنس کرتھ وِد وارِچ نیچ آج
دُفنس گرتھ، لو کپارِچ جاے

یاں لئے شبنمَ قطرن زیر  
نَتہِ چھم پنٹی اَشی ٹھسرا ے  
ژیتہِ دِڑئے نا تارکھ موٹھ  
ژینہِ ما وڑنئے ووڑی موکلیاے  
بَرکھے تاپہ ٹیچنَ ہنز جوٗلی  
کَرکھے لشنک بشنک پاے  
وِڑی وِڑی شہرِچ ڈوٗلی دڑاے  
دارِ پَکٹن لیکھ وُہی تہِ واے  
میتہِ گوَ ساژن گڑبجلبو آب  
ژینہِ ما پھیرے میئانی ماے  
کھاسہِ پُژن ہنز نا بدی لوٗشٹھ  
ساسہِ بدن سعے للہِ وڑی گماے  
شیدا ژِتہِ یکھ وَقتس سینتی  
شعرن لئے لوِ طرِچ تڑاے

اَز نے کَنہٕ اَستانہٕ گرٕھن دُرہاوِک ٹھَس
پۆز دَلِن کِسرَن ٹُہرکُن دِیتھم شاہری شاف

تاپہ وُتَن نے زُلفَن ھُنٛد شیٛہجار زۆرٕتھ
سٕرانہٕ پچھی پیٹھہٕ کَرکھا چشمَن ھُنٛد اِسراف

چانین راژَن معنہٕ لیکھِتھ پاتالہٕ ییٛری
میانہٕ راژَن ییٛرٕ چھُہ زالان پھِرکِہ دُلہ تاف

وَق چھُہ تُلان تیٚچ گرٛاٹھ دِلس وۄٹھاگہٕ وَژُن!
بکھ چھُہ بِلُن رُت آنزٕ اَتھو دِیہ زَخمَن تاف

شیلا چھی آفتابہٕ نیٛران ظُلماتہٕ وَنَن
گرٛھنہٕ گرٛٹھِتھ تیٚتھ شایہ بُستھ چھُے پانہٕ صراف

پُتھ ؤُن چھپے تسہ اولو یارِ بیکھا
شُری باشہ ؤُلدے ژسیپہ ژھا بیکھا
شِن ماگو آنگن بر ژِرلین
تُلِ سوشتہ بیکھا پُرت دارِ بیکھا
بڑژھ ہیے نہ زِنہے کتھ رشے بیکھ
ؤُچھپے نہ زِنہے تلی ٹارِ بیکھا
بُڑِ لونچے گنشِ تھ چھم موت یاؤُن
اَز ؤ نتشم لِپوز، پُڑی یارِ بیکھا
دَرِ زؤُن چھپے پڑاران مالِہ متین
بیکھ ژزار گرھو بڑسوارِ بیکھا
شہمارکی بجھن مشرچھے مٹے تسین
بیمار بدن تسندارِ بیکھا

شُنۍ ، ہوا ، موسم ، سٕدرٕ یا تھُل تہٕ بال
پرٛتھ اُکِس لیکھتھ ڈٕکِس آدمۍ سوال
سوٚن چھُ کوتاہ تھہ یہ تھہ کنٛرُک مقام
توٚن تہٕ گوٚن آسِتھ تہٕ توٚن کمُستُد جمال
دوستا ! مرنُک مشر زالی گژھن
زندگی ہُند لولہٕ ہوٚت معنے سنبھال
اتہٕ گُٹس ٹلی چھُکھ موچھن مشٕرمیٛت ڈگرٕ
اوٚش پلنُن ٹار بن لُدِتھ راٗسے ژٕزال

سوٗتی قدم ہیتھ پوٗت نظر وتھ راوٕ ری
بٕل گرٕ ھی ہینہٕ ہمسفر چوٗنے چھُ کال
ژاٮ۪گی ہیتھ چھُس نہٕ گٹہٕ ہپھیراں وتن
لولہٕ مہرازا ہیتھ وندہٕ ہے زٕ لال
شش جہت ژٕ ژٕ مو ژٕ ژاں اکھ تارٕ ٹیوک
سرحدو ییتھ ییلہٕ وُچھتھ نیراں خیال
جوٗگی چھُے نیتھ توٗن ییٚکلی عہ خمس نکھے
نیرٕ ہیٚتی لیکھاں وچھاں آلیس چھُ فال
ژرلشیہٕ ہتی ماچھی وتن ہنٛدی گردہ پھلو
دوٗن اُچھن منز بپھم یُرہتھ آب زُلال
پانی پالنس گیتھ گرِتھ آرُن محیط
نُقطہٕ پرکارک لبُن ژھارُن محال
پوشہٕ وُن ورتاو ہیتھ وارس کھسُن
ہوشہٕ ہیتھ دیوانگی رزھرنی کمال
ییم حرف آوٕلی میٚہ چھم شیدا مگر
بخشتم قتپارٕ یارب لازوال

مَسں شُنیں تماپیں اثر سے شُور تھ گوڑ غلط
آپچ اختابس تہ ہوڑ تھ گوڑ غلط

نوہ تُنقہ ا پُیستہ پہیاتا دوگُنیا نبہ
اوال کستہ تامتقہ ترستے پُوڑ تھ گوڑ غلط

کانتہ بے دیوار ترزبت مثہ شتر نیپیٹ
شامہ بے ٹُس سرمہ پُوڑ تھ گوڑ غلط

کُس وٕژُن وٲراگ چھُکھ وَختس تُلان
سون وٲنتھ کھور موٚرتھ گوٚو غلط

تاسہٕ وُن اوسُم اَتی سجدس لگان
خانہٕ نے ہُند کعبہ لوٚرتھ گوٚو غلط

سر گوٚمت چھُم وچھ ژٕٹتھ نیرِکھ نہٕ بیر
کر نہ کر اندری ژٕرے کوٚرتھ گوٚو غلط

کرمٕشِم ستہٕ رٲز ہُند ورتاوٕ ول
مانترِ زنگ لگہٕ نے ژِے موٚرتھ گوٚو غلط

لول پھِرناوی وتن شیدا ژٕ وُچھ
حرفہٕ حرفے شمار جوٚرتھ گوٚو غلط

پھہِر مشٕر کُس مۆت شونگن سۆت واوُچھ
ترٛیش پے اوُس منگن تۆت واوُچھ

..

عٔکسی بیچھ بارو وچھیس تَل چھِم شونگِتھ
ہوٗتی یتھٕ آسیاو تنگن گۆت واوٕچھُ

،،

مأنزٕ موچھٕ مشرٕ حرفہٕ کرٕ ہیتیارکٕ گولاب
دامنکی زردی تال رنگن چھۆت واوٕچھ

زوٗال کمٕ کۆرمُت چھُ مأشی ٹارین پیٹھن
اویرٕ پھوٗتی ہتھ کُلی لنگن کھۆت واوٕچھ

کتھ ئستا شہرس چھ ستِکلین ہشتر براتھ
ئنیو رٹھ یاوِنی فنگن کوٚت واو وِچھ

پوشہٕ پتھرن پوشہٕ ورشن ئنیہٕ ڈیٹھ
واتہٕ یانژ آلی کوہ تھنگن سوٚت واو وِچھ

ہرِ ژھٹہٕ ستی سوستو بوتلن بہار
پھیرِ وَر ژلن چھتی ہنگن لوٚت واو وِچھ

دراو ماگُمنہ شایہ سپے لوکچارِ سے
ژاو ماہلیہ بسر ہنگن یوٚت واو وِچھ

کھورنکھ شیدا اُچھن بیٹھ کیا کرکھ
مورنکھ عشقی فنہٕ جنگن پوٚت واو وِچھ

اَچھَر والَو حَرف گرُئِم اَزتاں
خوئنہِ ٹیٚچہِ وِ ے اَچھَر جُرِم اَزتاں

سایہِ تُھنڈُ ے نَژان چھُ ٹادِن پیٹھ
آیہِ کِھری کِھری یکے پُئرِم اَزتاں

کُھئنڈِ باپَتھ لوٚگسُ سیٚکستاتَن
کُھئنڈِ باپَتھ میٚے دوٚہہ ڈُئرِم اَزتاں

واؤِ شِی مَہ کَرِیہ فَنڈ بآزی
موسَمو کَم دُژیٚتی گرُئِم اَزتاں

آشِہ اَنہٹریشہ باشِہ لوہ کجارِچ
کاش کَمَ کَمَ وچِھکھ مُرِم اَزناں

تاپھ پَننُے گَزلِے مٹے گوسُت چھُم
سابِہ لُکِہ ہٹدی مٹے گاشرِم اَزتاں

سوختہ گاہتی مُرڑھلِے بے سوکھ ماوَس
موختہ پھُلی ہبوؤ اَچھو ہُرِم اَزتاں

بابِہ کَتھ چُھکھ تیولنگُل دِرتِھ والان
بابِہ! پُھلیہ گاٗتیاہ سِتَمَ زُرِم اَزتاں

پوختہ شاعرِتہ چھا علی شیدا
نہ قطِ اُوبِل تہ کیا شُرِم اَزتاں

بہٕ چھُس بێیہِ چھُم وۄشُن بیٹھ اَسمان رۄزِتھ
ژٕ چھُکھ ژٕ ێ چھُے اَتی لَس کُل جہان رۄزِتھ

گرَس پَنٕنِس برَس لیکھِتھ ستھو دُم گمُہ
سرَس چھُکھ لااِلٰہ الا اللہ لامکان رۄزِتھ

گزٕلی گومُت وۄزٕلی خرنوٗ مَنٛگن میٚون
پتٕلی گوٚر آستاں در آستان رۄزِتھ

کُٹھِن منٛز حرفہٕ بدی جوراہ جوال سال
وُٹھِن پیٹھ پٔرآنی ژھێنٕی مَتی داستاں رۄزِتھ

ضرب سینکی ٹری چاٹی پھران چھم
پٔرن پیٹھ پٔرد پٔرٕدس سایبان روزِتھ

قدم لوٗلکی اگر صحراوٕ بٔزرٕ گاہتی تہٕ کیا
صدم چاٹی وِرد چھُم برٕ زبان روزِتھ

ژٕے ماوٕنتھم کنٕس تٕل کُن فیکون
ہےٚ ماگو یتھ ولٕس منٛز اکھ زماں روزِتھ

ہرکھ پگہےٚ مرکھ گژتان ورق چھی
کرکھ کرٕ سجدٕ پانٕس آیہ سال روزِتھ

ڈٔری وادن کوٗرُ کمہٕ سازٕ گرِ ساز
پرستانٔچ ٹری چھےٚ مہربان روزِتھ

یہٕ کینژھا چھُم تہٕ تی چھُم راز شیدا
اُتی چھُم جان اُتی تھٕے جانِ جاں روزِتھ

زِندگی ہنگاٗمہٕ خانٕچ ڈلیل
بَندٕگی مَس کھاسی مَس شانٕچ ڈلیل

کعبہٕ کِس محرابہٕ سے لیکھِتھ پَرکھ
بُت شِکَن بُت گرٕ تہٕ بُت خانٕچ ڈلیل

اوٗش پٕتھ ٹارِن پیٹھ کَرنادٕ زوٗل
ٹُسنی تہٕ گنٕز شرفہٕ دار داماٗنچ ڈلیل

فاقہٕ پھِر کاتیاہ کَرکھ پانَس طواف
روزکھا بوزکھ ژٕ اَستانٕچ ڈلیل

نیلہٕ ناگکی نیلی اَنہارَن دوٗلُس
جھیل ڈَل لیکھان چھُ اَسمانٕچ ڈلیل

مارکَن مَنٛز اُسکھا تاپَس گٕنٛدان
تارکوَ ڈٕنی یا شبستانٕچ دلیل

پَردٕچِھن دارِن اَنٛدَر دَر پَردٕ ہیوٚہ
دَردٕچے نَیہ مَنٛز نیستانٕچ دلیل

مَس پھرکھ پیالَن بَرکھ اَدٕ باگرکھ
زیٹھ چھا سا ٔکمَر یہ مَےخانٕچ ڈلیل

شمعہٕ بلبہٕ کٔرہ آس گُھٹہٕ شر ژَل ٹٕری
ژھٕہٕ بیٚمی نیہ میشانہٕ شُرِ پانٕچ ڈلیل

چوو کٔمی شیدا اُلستُک میوٚٹھ مَس
بادٕ ہَر کٔمی تَمِس چھہ عرفانٕچ ڈلیل

خاب چھم خابَن نہٕ اِظہارٕچ خبَر
تاپہٕ دۄدمُت چھُس دِشیٚہچارٕچ خبَر

چاٗنی پاٹھی چھُس نہٕ چھکراوِتھ ژۄپاری
واوِ لبٕکھا میٚیانہٕ گرٕ بارٕچ خبَر

زردٕ شہرَس لال پٔریڈاوِتھ زوٗناہ
ہَردٕ وۄنتے کُمی یہِ سبزارٕچ خبَر

فنایہِ چھُس گومُت سنگِستانَن انٛدَر
ہیے جنوٗنَس چھَمنہٕ اَنہارٕچ خبَر

تاپہٕ ٹینکی گٔژ تام چھُس مہٕ چھہ مَنٛزرٹھ
اَمہِ سِوا کینٛہہ چھَمنہٕ لوہ کچارٕچ خبَر

اَکھ مہٕ کَر یتھ زوٗل اَستانَس لگے
بلیٚہِ مہٕ پٔرٕژھ منصوٗرٕ شدِ دارٕچ خبَر

عشقہٕ سٕہہ تُو بوٗت نینگلاوُن پیوان

خاصہٕ نے پیٛنتہٕ اَسہ اَ ٕ نادٕ چ خبَر

نٕلیچہٕ لوٗک ہیتھ ژوٗل سُہ پاَلس باَلی باَ ی

نیچہٕ بوٗمبرٕن راُو دِرِ واٮ۪ ٕ چ خبَر

کنَ تہٕ کنَ پھٕس پھس کراں آسی ہمہ تہٕ کھوٗر

کرٕ بہٕ چنَ گژاین پرٕ ژھو تاٮ۪ ٕ چ خبَر

للَ پران "سورٕہ نساء" منتر مار کنَ

تار کنَ بخشان چھے ہینیاٮ۪ ٕ چ خبَر

زیرٕ و بمہٕ چے تارِ ترَ تاَرس اُپور

آیہٕ دَیہٕ ونہٕ شُدرِ سوہ ژنیاٮ۪ ٕ چ خبَر

زٕڈن کوٕ نگہٕ پوشن گران پھٕری پھٕری سوال

کانہہ اکھاہ وُنی تَو متے ژنہ ہاٮ۪ ٕ چ خبَر

دم دِواں شیدا چھُ شاعرٕ آسنکی

کیا خبَر تسَ کسُ دِوان شعرٕ چ خبَر

رنگہٕ زٕورِ بیٹھ پوٚت پھیر ژُریس منز سنٛدول اُس
تتھی شایہ وُژھ ییتھ شایہ پران آیہ بچھل اُس

ظُلماتھ منگان تریش اچھرِ وال ترٛٹھاں یاکھ
تتھ سرحدس پوٚت تام نظر میانۍ وُچھیل اُس

سُے اوس یُتِم ساتھ منٛے ییٚلہِ سونتھ وچھییوو
پاترھیٚنی چھلتھ دوٚرِ دراو ڈُلتھ پوٹ سرلِ آس

دِوہٕ شٮ۪لیوو گرٕہ لشِم کال دِتن خیمہٕ وُچھس تل
نِہتاو زمانن ہٕتہ عبارتھ سو رٕتل آس

ادراد کُھٹمن پرٮ۪ڈِ سیاہ سازِ "المدثر"
زُرنہٕ گاشہِ ڈُلِتھ شفقتہٕ ملِتھ کُتچہ کِتھلا آس

مٮ۪س آس شوٗنگتھ راتھ وُچھس سیتی رٕٹِتھ سوتھ
پوٗت پہرہٕ وزہ مشر یارٕ بل کوٚس تام چھوکلا آس

از تاف ہٕنز ہماں ترِیش فرالس چھُ سٮ۪کلی شاف
تیزاب گنڈان لوٚنچہ مشز آفاقی عمل آس

اُسم ہٕتہ خبر تھایہ دلہ وارس چھُ بہتھ روٚشس
شرمالی یدان چھون، نظر میانی تحصیل آس

دآناکھ شٮ۪تن پانہٕ خیالک چھُ دِوان ذول
تس یارٕ سندِ اِظہارٕ شیدا کوٚس ہٕتہ غزل آس

چشمہٕ تُل نچہِ پُترِ مِیا تے راتس وِچھ
لوٗشچہ چھمُہ ژھیٚنۍ ژھیٚنۍ لوان برداشس وِچھ

روت شہکارن کرٕ لۍ گٹہٕ پچھ لسکھِتھ
چانہِ کُٹھِ لےٚ لےٚ ژُہتھ زُنہٕ گاش وُچھ

اچھر ژرانگمبن تل بہتھ پریر ناوکھا
آیہ سٕرۍ چھُلۍ چھُلۍ دِلکۍ ہتھ ناش وِچھ

سرمہٕ کتھ لوگُتھ اُچھن گوڈٕ وُنۍ زِ ہے
بتِ درہٕ بت ژاٗلِتھ چھُہ شتنبوے یاش وِچھ

رٲیِن ژکھ دِتہٕ وٕل دیوارَن ہیٚ لیکھ
ہر تہٕ ژرٕ ترٲوِتھ یہ جنگلی لاشس وِچھ

چانٛدِ آبِکُتھ جبینس مہہ گران
آرٕ کرِتہٕ گٲمُتر اُچھن منزٲش وِچھ

زان چھ کعبس پاٹھ مس ترٲوِتھ غلاف
شوٗرٕ دِچھ شوٗد تے سرل وِچھ واش وِچھ

وٲنکہٕ پت ہتھوم مٔنے سہٕ پوشن گنٛڈِتھ
لولہٕ لوکچار تہٕ مُترِ ہیچ شرُی باش وُچھ

تم حرف گُرتہٕ تام تھاوِے مٔنے لیکھتھ
سرہیٚہ چھُ وُتہٕ پیرٕ ڈان اوٗنگجن تراش وُچھ

وار چھُتہٕ شیدا لوان وتہ لٹس ٹمس
شارِ کم آوِلہٕ لبکھان شاباش وِچھ

شامہ ورقس پیٹھ سحر تھووم لیکھتھ
گامہ ژھایت تل شہر تھووم لیکھتھ

رَتھ یلنُ زوُلُم مٹے ژانگبن ستی ءستی
رأژ ہُند سوُرُے سفر تھووم لیکھتھ

گردِ سیٹھ چانہِ یمین مالنی وتن
ییتنہ لوٕکچارُک مشرٕ تھووم لیکھتھ

ژھوٗ وصیت نامہٕ شاندس تل پُرد
قبرِ نکھہٕ سشیر و قبر تھوٗوم لیکھِتھ

پیٚسنہ انہارٕ کٕ حرف زاُلم اُچھن
چون اکھ اکھ ژیوٗہ پیٚہر تھوٗوم لیکھتھ

ٹیٹھٕ دینچ تیہہ رتھ دٔچھس اٚندری ژٲل
ببرِ پوشن ہٕنٛد اثر تھوٗوم لیکھِتھ

میون مالیت ہا ٚنچھ ہٕنٛد برہنگ دیان
چون دٲریو سٕتھ گبر تھوٗوم لیکھتھ

یُھتہٕ زانہہ گاسٹس پُرد میٲنی کتاب
محشرن اتہٕ گٹہٕ قہر تھوٗوم لیکھتھ

زانِہ کُس کٲتیاہ اُدری نوٗہکی وبداکھ
مانہِ کُس شیدا پزر تھوٗوم لیکھِتھ

اُچھَن ہیٹ دی ٹڑ آنگی چُھکھ ڈالن ژنخقے
پَیتنی پَڑنیتھ چُھکھ والَن ژنخقے

اَزِج ، راٹیج تِہ پگیھج کَتھ تِہ چھاکتھ؟
اَصل کَتھ کیاژِ چُھکھ ڈالَن ژنخقے

دَفَن کَرتاں کَرِکھ شیرین وَقتیج
جِگر ٹلی چُھکھ ژماں یالن ژنخقے

بَٹیس چھے تبثبرِ ڈُہہ وِنہ ہَردِ واَوس
زرد موسم بَرکھ مالَن ژنخقے

بِہ کَس پٹیہِ ڈُسی اُچھو اُشی قطرِ افسوس
بِہ گیشتہ مُس چُھکھ بُران پیالَن ژنخقے

سے کر دوّسمے ژِ چھُکہ بڑہ لسوار وَ قیچ
یہ کمتہ چھُکہ میثون دودہ پائن ژِ نخقے

ڈیکن پچھے ورگہ صفرک بُرگہ شُنیاہ
دِوان چھُکہ زاڈلی پاتالن ژِ سنخقے

لچھس تاپس ڈیتھہ ٹھوّر پاڈی مُستنک
اُچھن پیٹھ پان چھکہ کھالن ژِ نخقے

سبز تانچ پری چھے باگہ آمژ
اپڑی اتھ چھیکرِ متبن ڈالن ژِ نخقے

علی شیدا ازل پڑتھ کانسِ پھوّر مُت
غزل لیکھنک رسم پالن ژِ نخقے

پَشہِ پیٚٹھٕ لَشہِ ہوٚت وٕلو بازرِ روٗپ
ژٕیتہِ چھُے کھَسہِ ڈُلن بھاو بازرِ روٗپ

وَتھ چھےٚ گاشہِ لیَن ہنٛدِ پرٛدُک پاس
کَتھ چھےٚ کَتھ مَنساو بازرِ روٗپ

لٲچھس دامٕنی مٕتیہِ تیلان
پٲژھس کیٚژ پنٛداو بازرِ روٗپ

سوٚدرٕ بٕھٹھِن ہنٛدِ خابک کھوٚٹ تعبیر
ہیرٕ ڈُنی تیرتھ ناو بازرِ روٗپ

ہِسرٕ یہِ زٕژن تَل راوی گوٚہنٛج ٹیٚنٛچ
موسم چھےٚ دوٚبی دٲراو بازرِ روٗپ

نازلی رنٛگ چھےٚ آنہٕ پٹھن ہیوٚہ ہتھ سوٚترٕ
چٔرخس پیٹھ اَلسیاو بازری روٗپ

وَچھ کانِن تَل سوَسن بُرگن دود
قَبرَن کمٔی لیۆکھ ناو بازری روٗپ

خُمرٕ شہرنے پٔریَن ٹارِ کھوٚتُے
پانٔس کیٚشت گرناو بازری روٗپ

چشمَن معنہٕ محیطکی تسبیح ژھٔلی
اوٚنگجَن پیٹھ گنٛزراو بازری روٗپ

شعر ژھرن منٛز ساوِتھ لوٚہٹرانھ
شیدا شَے مولہٕ ناو بازری روٗپ

ماں یہ چانے ضایہ گو لوہ گچار میثون
ژھایہ رؤزِتھ سوسنیثو اَنہار میثون

عشقہٕ دا دِس دوٚپ طبیبو لاعلاج
ژٕنی زِ ہیٚیے زانہہ، رَشکہٕ چھکھ بیمار میثون

اَستہٕ اَستےَ ختہٕ گرتھس دا ان پوش
دستہٕ بستہٕ ادے نا زانہہ عار میثون

حالِ دِل کَس وَنہٕ بہٕ چھس دَم پھیٚٹ گومُت
اُمِ غمَن گوٚرمُت وَڈِسی لوہ گچار میثون

آدنکُ ہِسر بوٗنج ترٛأوِتھ گوٚت ژٔولُم

یَتھ زمینَس گوٚب چُھ گوٗمت بارِ میون

یوٚت دٔدرِ چون ژالُن چھا سَہل

عالمَس ما زالِہ عشقُن نار میٛون

ٹارِ کھٔرِ ہتر چھےَ یہ شیٛدا ہِشنز غزَل

خُشمہٕ ہٕتِ سے پٔرِ کرزِ ہیٚیے اکھ شعر میٛون

"قُل" ڪُلهم جهان هو هُو ڇُهه پران قُل هُو الله
سَنهه قُلزم ڇهي اَکهه قَطرِ سمان قُل هُو الله

پيتهه ڏِٺاو نهٔ آدم جَنتهِ پَنهنجي ذولانهٔ ڏٺهه
ڊيوارن مُشڪ ڪَتهِ وَٽپهِ انسان قُل هُو الله

نَب تائِڪهه هيرِ بيهِ، سَنگر، صحرا تهٔ سوُدر
وُزمُل تهٔ هَوا گَٹهِ نزوُل تهٔ طُوفان قُل هُو الله

ڪهوجهه ڏاليهِ تهٔ تُل هُترِ ينڊيهِ صبح ڄاناوارو
وَٹهه ڏهمبرِ تهٔ گوَ خاموش جَهان قُل هو الله

لوَلِيکهه مِتي، پَٽرو نهتاوي سَتتازِ سَبق
بيهِ يس ٿَشي ڇهيهِ مُران سو سَ ٿَشي ڇهيهِ زوان قُل هو الله

پرٛنتھ حرفس اَکھ سمساد ڈٕکھس معنہٕ بوٛرُت
پرٛتھ نوکتہٕ مُحیطُک بار تُلان قُل ھو اللہ

سِر کنتھ چھپےٚ وُٹھن پیٹھ وأتِتھ نہٕ سِر سأوِیےٚ
تژوٚ پرِتھ چھُس بَر چھُم نظرِ گژھان قُل ھو اللہ

نیتھ ننٛی کم بے دین سیاہ اظہارِ کو شابھ
ہرشایہٕ چھُ تمی شُنہ اَکھ لامکان قُل ھو اللہ

طےٚ گونہٕ زِنہے نےٚ بجزِتھ تہٕ نیستان رود
حےَ پانہٕ چھُ ہأران غأب نِشان قُل ھو اللہ

قلمس نہٕ دوٚنھان کھوٚر معنہٕ شرو کال کینژھاتہٕ
شیدا چھُ نوٚسے پانَس نہٕ پژھان قُل ھو اللہ

ئکن گاش تہ ملی ہین یہ گنڈل راتھ گڑھی جان
ژڑھ جاہہ گر نیلام پہنی ذاتھ گڑھی جان

گرڈ اُچھ نہ ژھن سگر بیٹہ ہٹکی پاٹھی کھوسن تل
مل غازہ بنجھس گر ژہ لبسن بانھ گڑھی جان

گنڈ ہول تہ دیتھ پہر لون کھش نہ چھکس پوش
اتہ نیر اوت بیہ لسنہ زہلی ذاتھ گڑھی جان

تابوت گرن والہ مہ راور ژہ پہنی ساتھ
ژھاران چھے زندہ لاشہ یہ بنتراتھ گڑھی جان

تارکھ چھ وُتھیٖ متی راتھ تبکی ژگیتہٕ سرس منز
ییٚنہٕ اُچھ وُٹکھ کر ہم ژٕ کراماتھ گژھی جان

وَس بازرس منز بوٗلی لگی باد گژھی تیز
دِیہٕ بوٗلی غزل، چون پہٕ گوٗنماتھ گژھی جان

تھو چشمہٕ ییلے تام ہیتھے پاٹھے متّی کُن دِچھ
رٕنزہٕ ناو ییمے بڑ نزی تہٕ ییمے ساتھ گژھی جان

دِتہٕ شوخ اُچھو شوقہٕ نظر مایہٕ ہوٗنت شیدا
لیکھ ہیے تہٕ پرہیے شوقہٕ مُناجاتھ گژھی جان

یَیمہِ سونتہٕ ئہ پرٛارٕسے ژٕسے ٹُتی زٕونہٕ پچھَن مَنٛز
تمہٕ ہٕرِدٕ نار وُہان اوسں وٕچھَن مَنٛز

چیٛنہٕ والہٕ چیوان گرٛزھ ژٕنٛٹہٕ تےٛ نارٕ مۆدُرمَس
کھیتہٕ والہٕ وُچھان گرٛزھ ژٕ چھُکھ کیا راز وٕچھَن مَنٛز

دہ دٕ ہٕرِدٕ سَرَس مَنٛز موٚختہٕ کھیوان پاژ صفا شِشن
سوٚ دٕ ہزار مَہ دَن ہمہٕ پٔنُن دہ دٕ ہزارٕ لچھَن مَنٛز

گُنٛبد چھُ بہان نالہٕ کھوٚرُوتل چھُ ژٕلان دَتھ
ٹُبھٕ ڈٕن چھےٛ ژٕمان پان بہانِ گاشہٕ کچھَن مَنٛز

وچھ ژٔوٹ زمانٕنۍ تاج محلس لول گو رتہٕ دأدی
أشی قطرٕ میأنی ولے شٹھان رٕودی اچھن منٛز

کمہ أنہٕ نیپکھ صحنہٕ نببر چورٕ کنٕنتھ کھیئو کھ
رتہٕ دأدی تمہ منظرٕ چھ ونہٕ پریڈان گچھن منٛز

منساوِ کمِس کہنہٕ باپتھ رسم زمانک
پأرُد چھُ پریڈان نار عشقُن لولہٕ بچھن منٛز

کمی تام مسولہٕ لولہٕ نظرو تاب ڈٲہتھ نیوس
شیدا چھُ کمِس حال باوان شعرٕ شیچھن منٛز

استانہ چانے لولہٕ کی نذرانہ سجاوم
سرتاز زخمو پرآنی قیر ستانہ سجاوم

پوٚت زوٚتہٕ منٛے ییٚلہِ دوٚدسہٕ گنڈن درٕ غمو سیتی
مستانہٕ چشمو شولہٕ ڈٕنی پیمانہ سجاوم

لشہِ نارٕ زولتھ میون بدن وتنہٕ کیاکرٕ ہا
اشہ واتہِ پینتے دامنس دُردانہٕ سجاوم

رہہ تالہِ کھترم بالہِ شمع موم گژھِس لو
نیٛہہ گٹہِ منٛے زولم توٚن دل پروانہٕ سجاوم

نَتہٕ وور درالیس پوٗترِ رو ستے چانہ امارے
بیگانہ وتن زٕادی ہتی شری پانہ سجاوم

وونی چھیم یہ مالنہِ راتھ ترٛھالت کریتھ گُذارنی
مہرازٕ یکھنا وآری وِکٕسا مانہٕ سجاوٕم

ہیکہ ہے نہٕ بلنتھ میانہِ دستے تاج محل چھوٚن
گرہتٕ زٕ روٗس منٛے آسمٕ غم تو غمخانہٕ سجاوٕم

زآہتھ یہ اوسُس بلہِ گرتھن پیرانہٕ فقیران
نخقے منٛے جگرٕکی دردو غم پرٛتھ وانہٕ سجاوٕم

آسُس یہ پھیرتھ کعبہ کے زروازٕ میشہ گوویرو چھُ
منہ منٛز منٛے ژوٗٹھمٕدٕ ترٛسہ تٕ توٗد بتخانہٕ سجاوٕم

ہلمس چھِ برکی بٕری چانہ موکھتہٕ یاتہ غزل کیتی
قلمس ہتیم دٕزوٗدٕی حرف افسانہٕ سجاوٕم

ساۡيهِ وُڇمسڙ سيئي اُنهارن ڇپکهاه
پرآئي پائڻ دارِ بيٺ پراران ڇپکهاه!

مائتڙِ گُلُڙ ويءِ مسيتءِ لوپچي ٿهف ٿڙهتهه
خونءِ اٿهءِ آسي سرف مارت ڇهپکهاه!

ترائنگي مينيءِ زائلم اُڇهر والن پيٺڻ
اوٿش تتل زلهءِ وُلن تِرستي مارن ڇپکهاه!

دوُ ڍِسهه ڇهُم صحراءِ ُبزي ارمان گهيم
آرِ ووهءِ ڏوارِش تِرءِ ترهوه مارن ڇپکهاه!

ٻ مچهه گُجهه تتل تاپيءِ ٽيڪي ماراوه رٿهه
تهرِ ڀهلي ٻوزٿه لگئي لارن ڇپکهاه!

رٲتی رالتس چھیم وُچھیس مشرٕ دِگ ہُران
ژیرِ نیرال خبرِ بیمارن چھیکھاہ

تارٕ وُنی کٲتیاہ گُرِتھ دٕریاوٕ یُزی
آرٕ وُلِ پھیران رٕتیشہ آرن چھیکھاہ

آفتابکُ گاہ سوتو مُت چھےٚ ڈٕکس
زوٗنہِ ازٕ دامنٕ یلتُ دارن چھیکھاہ!

رٲتر مشرٕ شیدا ہوال ٹیلہِ یادِ چھےٚ
نالہٕ متی رٕڈی رٕڈی لندان شاران چھیکھاہ

نارٕ رُودم آرٕ کرتسے ہیی شُپیاہ
ہمارٕ کوٚرٕ ھقس، ہارٕ مرتسے ییی شُبیاہ

ژھاسے چھُے ژھوم اتھارس ڈُکھس
ہاسے ملناوتھ ژسے مِتسے ییاشُبیاہ

وارٕ کیتھ رُدٕ نیپلہٕ ژہرٕ لوٚمُت یدلن
وارٕ لُوسے لتہ نارٕ ترٕسے پیی شُبیاہ

تارکن ہُند آرٕ گوٚو اسمانہٕ بُزرٕ
تیٚتھیرِ موٚٹھ آیم مٔشے پٔتژرے یِی شُیاہ

تاپہٕ ٹِیکی ژُلی جامہٕ اُڈرٕ اُوِتھ پیتٕ
شاف دِیتِتھ تھکھ نورٕ زٕژرے یِی شُیاہ

توسہٕ مٲدانن چھُ سوٚسن وَلن گوٚمُت
قوسِ قزح کیسہِ چھُژرے یِی شُیاہ

اوم پن اوسُم وَچھس تیوٚتھم ژٕ ٹھتھ
پامہٕ دزٕ تھم گامہٕ گرژرے یِی شُیاہ

شار چھُے شیدا رٔسیٚلؠ ورتاوُس
شار لبکھنس من نہ بژرے یِی شُیاہ

دامنس کوتاہ میو تھم یاد پُھیے
مُرشِدِ کَنس تل کیا ونیو تھم یاد پُھیے

خبرِ آے یکھ کرِتھ ہتھ شاملس
بَبرِ کلُ پُرتِل اَنیو تھم یاد پُھیے

بابہ نصیبؔ[1] وورِسِہ استاں بہِتھ پیٹھ
شہرِنہ لوُک روسے وڑلیو تھم یاد پُھیے

لو نچہ اوسے ہتھ کرِتھ گُستاں دیپر
کوچہ پھیر کِتھ کنہ کریو تھم یاد پُھیے

پھیرِ وُن آسکھ تِہ زانِت لول میون
نیرِ وُن اوتُس کِتھ ہریو تھم یاد پُھیے

---

[1] بابا نصیب الدین غازیؒ

پَتہٕ تہٕ مازانٛہ گِندنہٕ آیکھ یرمچہ تل
لۄ تچہ لمنتکھ ہتہ کرلیو تھم یاد چھےٚ

وأنکہٕ یِن تھایو تھ کیسہ میا تےٚ گنڈتھ
چشمہٕ شرماوِتھ وچھیو تھم یاد چھےٚ

ہتھف دِژٕ آیتھ پھیرتہٕ تالس برنہٕ بیٹھ
مَس تہٕ نہتاوِتھ ژھنیو تھم یاد چھےٚ

مأنزِ گٔژ آسکھ تھواں ییتھ کُن کھٹتھ
مژرا تھس توٚت مہہ کرلیو تھم یاد چھےٚ

خاصہٕ آسکھ سینہٕ سٹھرس ٹھوٚر تھوان
بیوٚل سزٕ پوشک ویو تھم یاد چھےٚ

مانہٕ کس وَترٕ ہیم بتمن چاتین پرزن
اُچھی تھوٚلیس پھِری گِنزو تھم یاد چھےٚ

ریم چھِ لو کیارکی اچھر ترانگین وزان
سے غزل شیدا پریو تھم یاد چھےٚ

بٲے سرٕ، وَل، بٲے سرٕ، ژھارکھ کمٕس
میانہِ مٕرنکٕ لوٗڈ گوٚناہٕ کھارکھ کمٕس

یتھ گُبلٕ جنگلس اندر آیکھ کوٚتے
ہرٕ نہٕ یروٗ تہٕ ژُراتیر دوٗنی مارکھ کمٕس

پیٹھ ریٚو پیٹہٕ پوشیر لوٗ اطلاس چون
میوٕلٕ ہیچ زٕ دکٕ لدہٕ ہٲم دارکھ کمٕس

سحرٕ تٕے کوٚس تتدرٕ رٕژھ وُتھ یارٕ بل
بے شرم مارٕن چھِ اُچھ تارکھ کمٕس

چھُونہٕ تقدیرس جُرِتھ حاصل نہٕ کینہہ تہٕ
زوٗنتہِ ہنٛدِ پاٹھٕ تہٕ لگے پرار کھ گمٕتس

گردِ پیٹھ لیکھان تہٕ نہتاوان ژٕ کیا،
کانہہ ژٕ رٕسے نے داری ژٕ کیا دار کھ گمٕتس

پرٕ ژھ اکھا ہ مُجلوٗن ہیٛو بیہیران وتن
یتھ مُلتس شہرس اندر گار کھ گمٕتس

یہرِ اندی ژھایہ پھے اتھرِ تیتہٕ کرتہٕ
تہرِ پھلی ہیتھ راتہٕ منٛز لار کھ گمٕتس

ستار ورتاوُن چھُ ستیدا یوٗڈ کمال
لولہٕ سر تہٕ فکرِ سیوٗد تار کھ گمٕتس

شُملہِ سونتہ صُبحے خستمہٕ ہترے آیہ ترٛسے وُچھتھا
پُترِ لونچہِ گنڈتھ میون مترر دٕرایہ ترٛسے وُچھتھا

چھٹہِ پوٗشہ پرنٛ ہُند رنگ چھُ زٕوٗمت گردِ ژتن پیٹھ
ییتھ سٹرکہِ پیٛچ مہٕتر سونتہٕ ہٕتر کوٚس بایہ ترٛسے وُچھتھا

ییٚلہٕ آسی وناں لوٗکھ سہ بنیہ جوٗگی تہٕ ترٛول وٕن
لسٕ آسی لیکھتھ پرٕانٛی ڈٕکس آیہِ ترٛسے وُچھتھا

کریکہٕ آسہٕ گرتھان زٕوٗن دٕ دال إٓس برس تل
یوٚت آد بدل راتھ نوٗوٕ ہمسایہ ترٛسے وُچھتھا

لوُتن میٚیہ تَہ چھس تارِ کُتر لوکہِ مُتس مشتر
گُلی اوس مُران واو کُلس ژھایہ ژرے وُچھیتھا

موہتھ تہٕ یوٚتاں کاں اچھُر والہٕ مٹے لوتُن
زآتتھ بہٕ اوسُس اَز تہٕ میشہ کُن لایہ ژرے وُچھیتھا

وونی کھسیہ تہٕ زٕہتھ سریہ تہ بیہ سوتتھ پٹرٕ راو
اُچھ لوسہٕ وتن تاپہٕ ٹیکرٕ گے ضایہ ترشے وُچھیتھا

کوس کاتہٕ مسَول یارٕبل وُزتھ ژوٗنہٕ چھجن تَتَن
پمپوشس براں پیالہ اسَن ترایہ ترشے وُچھیتھا

خاموش روزُن چوان تُلاں جیرٕ جیتو تکُ
وَچھ کاتہٕ ژٹُھ درایہ دل دُرایہ ژشے وُچھیتھا

کونگ آس ونان حسبہٕ خوتونہٕ زان چھُ رو سل میر
شیدا علی بدنام چھُ پریتھ سَتھایہ ترشے وُچھیتھا

یِمہِ سونتہٕ دَزرِن یر یمجہ کُجھِن مۄل پۄزرے چھا<br>
اَشہ واتہٕ وَسن تاتہٕ رَنِکی چھۄل پۄزرے چھا

رَتم ساعت تٕرہتس پاوو چھَس یٖلہِ مِشہ تٕرلِتھٕ کرٲلی<br>
اَز کیازِ مُلی ہیکھ میون راوُن تیۄل پۄزرے چھا

کُلِی تَہرِہ تہٕ دَسہٕ جانوارن میانہٕ بدل اوٕنش<br>
کلی مۄل پیرَن عمٕ تہٕ سیقۄل پۄزرے چھا

سُرہ موٗٹھ مٮ۪ے اَڈرٕ ہتر چھِا اُتشس ہٕزٕ تہٕ تھُشورم اول<br>
بے عارٕ ترٕ پکھ ہیٚیہ تہٕ کرکھ ترۄل پۄزرے چھا

وِہ شلاوِ رہ خکی ترٲنگی دٕنکی داغ پگھہ تام<br>
شُرماوِ بدن پریڈ اُچھن خۄل پۄزرے چھا

شُے سجدٕ مٮ۪ے چھُم ہیم شٮ۪کُ وُتہٕ ترٕ ڈہکس لور<br>
محرابہٕ گرلو یان یٮ۪تھ تۄل پۄزرے چھا

دَن ہارِ کران ساز سرف یٲرٕ یہاں رٲچھی<br>
تَتھ شایہ زرد سوتھ ہُرد نیۄل پۄزرے چھا

شُرِی اٰسی شیدا لوکچہ دٲرِتھ تہرِ پھلیس اٰدی<br>
وِترِ نے مٮ۪ہ تُسند تاتہٕ خطے کھۄل پۄزرے چھا

موتہِ رۆستے مُرُن پیوان گاہے
کرٹیوٹھ وُقتاہ سُرُن پیوان گاہے

داوِ وُیچھ وُن پیوان رَٹُن موچھ مَشر
تاپھ دارِن مُرُن پیوان گاہے

میشر لُیس ڈالہِ موتہِ کِس نقشس
تیُشتہ جِنازاہ پُرُن پیوان گاہے

گرِ ہند چھیٚ راوان نہِ اَڈکلن تارِس
داوِ گزاوِ تَرُن پیوان گاہے

شوٗشِ شانے نَمُن حسینَن کیٚن
ماہِ رَمضان دَرُن پیوان گاہے

چاہ چھ کھینہ نے یوان اُچھر والو
کیاہ نہٕ آخر کرُن پیوان گاہے

ہَر دِہ دُری وَن وَتَن پھولَن کونگہٕ پوش
سوشنہٕ ٹوُرے ہَرُن پیوان گاہے

خوَن جِگرُک وُبالی ہاوَس لَد
پیالہٕ پینہٕ نُے بَرُن پیوان گاہے

معنہٕ مہیچھر کنتھَن وُٹھَن لاران
لاُنی کرِ بچھر زَرُن پیوان گاہے

نار اَندرٕ یُم ژھوکان پیٹھے شیدا
نازٕ شعرا بَرُن پیوان گاہے

تَس مَسوٗلہِ ہنٛدِ اُدرے مَسٕتنک سرٕ یِتھ لَشپاوان چھُم رُدٕ راتھ
اَدی آمرِ دَہریٚنہِ ہُنٛد موٗت یاوُن چھاوان چھَم رُدٕ راتھ

اوٚبرٕ پھوٚتین ہُنٛد گیبرٕ بجَن چھُم زیرٕ دوان موٗت جیبرٕ تُلان
پرٛانین پیالَن تازٕ شَرابا بُرٕی بُرٕی تھاوان چھَم رُدٕ راتھ

واوٕ رنٛگِش ژھیپہٕ ژھارِ گنٛڈان تلی ٹارِ وُچھا پوٚت پَرٕ دوُمنٛزٕ
لولہٕ وُچھس نَتہٕ راَتہٕ کُھٹین مَنٛز نیٚتھہ نُہناوان چھَم رُدٕ راتھ

روٗپہٕ کھٔرٕ کٔرٕی رُدٕ قطرٕ وَسِتی بُرگس بُرگس کھوٚرٕ چھُ وُنتھا
شَرمہٕ ہٕشرے تَس پوشہٕ لنٛجے ہُنٛد وَچھ کُملاوان چھَم رُدٕ راتھ

معنہِ کِتھَن ہنٛدی چھیٹہٕ پوشِپرٕی میوٕ دارِ پٹین ہیٚبھ نَظرٕ گژھان
نَتہٕ وٗرٕی شے ہنٛدِ زاَولہِ قلمے خط لیکھناوان چھَم رُدٕ راتھ

کالکُ موسَم تاپہٕ زٕژُونیہ وڑاو چھلِتھ نیوٚزا شرُ ہیوٚہ
کِھلہٕ وُتھرَن پیٚٹھ ٹُھسے زلہٕ وُن اوٗش چھکراوان چھم رُدہٕ راتھ

پُہر لَشو پیٚٹھ ڈرِ گُنڈِ گُنڈی کَم پٔریہ وَسازن ہِکچہ کران
پُژرِ تَل ساوِتھ پھٔرستَن اَتھِ ما شُری اَساوان چھم رُدہٕ راتھ

شاہرِ شفقیچ تِیہٕ ہیٚتھ کوہستانی لونچہِ گُنڈِتھ ژٕج وُزمل ہمش
نبتھ نٔنی کھورو گرد ستی نتی پے نٔہناوان چھم رُدہٕ راتھ

بَر مُشراوِتھ سوّتی قدمو ہیرِ گھسُن چھا چونے برہم
چُھکرِتھ ہا دِس سوہ نبر سوہ نبر بیٚیہ راوہٕ راوان چھم رُدہٕ راتھ

سَرِ شامَن چھُس دامَن پنٕنُے نارِ وَچھس تَل شِشٕراوان
چشمو منزی یاں ژادرِ وألِتھ تَن اُداوان چھم رُدہٕ راتھ

شعر لیکھِتھ اِظہار کٔرِ نی اَسرار پننی بوڈ بارِ ستم
شیدا کُس ہیٚکہٕ پٔز کتھ باوِتھ گیاہ گُداوان چھم رُدہٕ راتھ

نام پٕرار شفق چُھ وٕزنلیشُمت
بٔرگہٕ بٔرگے ہَوا چُھ تنبلیشُمت

میانہٕ خابک حسین سوداگر
راتھ رٕوٕتلی چُھ زوٗنہٕ سمکھیشُمت

کرٕہکھ گاہمٕژ چھنٕے ساأری سے گامَس
بونہٕ کُنجہٕ تَل نمرلو چُھ پٕرزنیشُمت

کَس نہٕ چشمَن اندر سوال دزان
کُس نہٕ دامَن چُھ تازٕ أدریومُت

چھوکلہٕ گٕژتاں چھنٕے یارٕبل وٕژھمٕژ
گامٕ گامک سوکھٕ زَن چُھ رودمُت

آستاں بلچہ بڑمچہ کُجہ پڑیڑھ تھا؟
جوگی وقتکُ تیپأری ما دڑومُت

سلتی اوسے ووپر کنتیتھ تڑوتھ؟
کوٹ چھُنتھ شور نحقہ تلنومُت

وتھ لجی کیاز سلتہ آنگنی مُشنزی
خط کمِس اتھ چھُتن ژے پرنومُت

شاپھ مے دِم، کفنی پچن تامتھ
تاپھ زلہ وُن ولتھ چھُمے تھومُت

مأنزِ مہربینی نہ أشی پھیرن گندنے
ہیانہ وقتکُ رسم چھُ بدلیومُت

شعر شیدا لیکھان شٹھان وأنج
شعر موسم تہ زن چھُ سورُیومُت

یِتہٕ پرٕدٕ تلکھ شہجارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ سوٕرمہٕ کرٕتھ سبزارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ وُڈھ تٕرٕ تلکھ زانٛہہ حرفن نِش　　یِتہٕ زلوٕ تٕرٕ گنڈکھ زانٛہہ سرفن نِش

یِتہٕ کتھ تٕرٕ شیٛکرکھ گفتارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ پیری تٕرٕ تراوکھ سونتھ تٕرٕ لیم　　یِتہٕ نظرٕ رلاوکھ ہوشس ڈٕلیم

یِتہٕ شروٕتی تٕرٕ کرکھ یمٕ تارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ سوٕ تہری مُنتس شاہہٕ کرکھ　　یِتہٕ ساد متین دیوانہ کرکھ

یِتہٕ کشتقہٕ کرکھ رٔیتسہٕ آرن وے وے نار لگیم

یِتہٕ آیہٕ وُچھکھ زانٛہہ اَنہٕ گٹ　　یِتہٕ بُتگرٕ ہلاوکھ گہتہ گٹین

یِتہٕ چونٕہ جرکھ یاپارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ سوٕرمہٕ تٕرٕ لاگکھ ہرتہٕ اُچھن　　یِتہٕ سیتہٕ پُترکھ بے دانہ دچھن

یِتہٕ چشمہٕ پھیرکھ شہکارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ وَن تہٕ گرٕ ژھکھ دِوِ دار دزِن  یِتہٕ گام کھسکھ وِرِوار دزِن
یِتہٕ شہر وسکھ بازارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ شاف ژوکھ اچھِ دار ہرِن  یِتہٕ دٲرِ ژٕ مُشرکھ ہارِ مرِن
یِتہٕ ہکچہ کرکھ لوکچارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ شامن پھیرکھ جھیل ڈلس  یِتہٕ صُبحے نیرکھ یارٕ بلس
یِتہٕ خاصہ چھلکھ اخبارن وے وے نار لگیم

یِتہٕ ستار تسُند کاشہِ دادِ ہیٚیی  یِتہٕ شیدا بیہ زانہہ یاد پیٚیی
یِتہٕ غزل پرکھ یِتہٕ شعرن وے وے نار لگیم

کن کمہو ئرتے میانہِ کنہ یارے
پرارے کوو یپٕرش کال

سنہ گوم ودلنس رودم نہ وارے
پرارے کوو یپٕرش کال

راتس نارہ م اشہ پچے دارے
تی بوز جاناتا ورو

لنجہ لنجہ صبحے دِتر تمو پارے
پرارے کوو یپٕرش کال

اچھِ ولہِ باغکی ناسبزارے
سانہِ آنگنٕ تہ پھوٚلہِ ترٚہے

دلو میٹہٕ ترلہٕ ہے نارِ زنگارے
پرارے کوو یپٕرش کال

تاڑہ ؤتہ تارہ دِم ترہ کمہ تارے    سادے چھم ہہ ترنس
یرہ گرتڑھ تڑھار ہم اپتہ کمہ مزارے    پرارے کوو یہڑ کال

عار ما آوے زاتھہ ہلیے عارے    لتڑھ گوم    تڑھِ یاوُن
ؤتہ یکہ ؤتلین دامن دارے    پرارے کوو یہڑ کال

خم گوم پالتس عتمہ رؤس ہہ چارے    رُم کھشڈ یہ ترِہے سون
یرہم دِیتھ تڑولہم ہا بائزی گارے    پرارے کوو یہڑ کال

اشتہ واتہ گوؤب گوم دامن دارے    پامن    تھوتھم چارے
چیچہ ہا دامن دَتہ ما نارے    پرارے کوو یہڑ کال

لونزک لغظن لونزک ترارے    شیدا تھی کارس
غزلن شیراں چاتہ اتہارے    پرارے کوو یہڑ کال

۱۱ جولائی ۱۹۸۱ء

# گوڈنیک خدا یے

دوہ ٍ اُسی گژتامے تارکھ نبس الانٛدی
ہارٕ تہٕ آسہٕ مُنٛزی تیمرٕ وپھناوان
یار بلہٕ تہٕ اُس آبہٕ ٹھسراپہ گژھن
بُرس گو ہکر تہٕ شہ ژاوبے واپہ انٛدر
یینٛتے چھُ سے گوڈنیک خدا یے
مےٚ ژوٚل ہکہٕ زیوٗ نیرتھ
تمی ترٛاو دنٛدن تل زیوٗ
میشانہٕ شانٛدٕ تلہٕ کوٚڈن چھٹل پوٚنپرٕ
تس نہناوِن ساری رنٛگ
دیوارس پیٹھ تصویرس کُن نظراہ ترٛاوِتھ
کرو تس لوٚت لوٚت اُسُن
مےٚ ہیٚتُر لرِ پھرُن دِتھ کلہٕ پیٹھی رضا یے
تنہٕ وُچھنہٕ مےٚ زانہہ تہٕ خاب ۔

# یَنُن یَنُن آسُن

میانہِ بٔے غَم تہٕ بٔے مُشک خدایہ
ژٕ چھُکھ لاریب لاشریک
سمیع البصیر
کُنہِ ساعتے مَژَر ژٔرا اَوِتھ اَسہِ نِش بیٚہِتھ
پٔتھ کانٛہہ گَتھ بوزناوکھ
شاہہ بٔیتھ وِگنہِ دٔیہِ وُلن
بالہِ پانٛچ سیمأبی ہِکٹ
ژٔلہِ وِنہِ آرِچ شُروٗنرالے
تُہٕریٚن ہَشر شَرمہٕ اَچھ
تیٚیر ژھیٚطہٕ وِفی ماژرِ گٚلی

نَتہٕ چِھٹہٕ اوٚبرٕ لوٚرچ زٕلوٗلِس شفقتس پان وٗلتھ

پھرِ کِہ وِنہٕ تاپُک مَتیوٚ مُت یاوُن

ہَرُ دِن شٕلہٕ پَچہٕ ہیوٚ بوٗنہٕ ڈٕتھرِن ہُنٛد شیٖہجار

شَی شَی کَرہٕ وِنہٕ سوٚ ہٕنٛتیج سوٚزٕ گٔنگراے

ڈٕل سوٚتھ سوٚتھ گُلمَرن مَنٛز

ہکہٕ چھ کَرِتھ نیپہٕ نیپہٕ تارکھ ڈٔری اَچھ ناٹہٕ کَران

زٕن مدر ٹیرِیسا آشرم کِس مَنٛزِ لِس مَنٛز

لاوارِث دوٚدٕ ہیڈٕرِن للہٕ وان

جانا وارِن ہُنٛد جُرہٕ گیٛنٛش

پُرمعنہٕ کُنتھن ہنٛدی تاپلہٕ ٹیکہ

اَنہٕ ہُلمِس کھدرٕ دوٚدرٕچ ٹیچ ساوٕرِ واد

وُسکھا عَرشہٕ کہٕ بیٛ مُشکہٕ لاریب لاشریکہٕ

رُم کھنڈ بیٛہکھ مٔنے نکھ

ژٕ وَنہٕ ہے پُنہٕ کتھ

نٕجدٕ وَنن ہنٛد گرِ کہٕ وِنہٕ سیکلکی مَرتی یاگھ

سوٚ کَر بَلہٕ اَش وانہٕ بکہٕ آمنت فراٹ

اَز ماداٮَن مَنٛز پوسٹ مارٹم دادِچ کرِکھ
کوچہ گلیٛن ہیٚتھ نٔلیٚتھ نٔنی آلو
پَرژٹیٛن کوٗستوٗرٮن ہنٛز بےٚ معنہٕ ژھٮ۪ر ٹہٕ ژھٮ۪ر ٹہٕ
مانٛزِ گلیٛن ہنٛز جٔھجِ وُداسی پژانہٕ وارَن تام
ٹِکہٕ واوجَن ہُنٛد پھرکہٕ وُن گیٛہٕ گیٛوٗر
گوٗہ ڈٔنکہٕ عَرَفک دارِس کھوٗنٛمُت آنٛتہٕ ژندر
دوٚیمہٕ عیٖدِ ہُنٛد کرٛچہ کرٛوٗن، واوِج گیٛہٕ لوٚٹ
عاشوٗری اَفتابِچ ٹھیٚٹھر زلو
کُن پوٗزِ اَنزُل، اُلبمَس ملہٕ وَرقَس چھپانہٕ کٔرِتھ
لٹِی تارکھ اسمانہٕ پژٮ۪نگس ہیٚتھ
مُشکہٕ تَجَن براون شُگرمِتی پریڈان
کاکٔذی پوشَن اُتھرِ کیٛمیٛن ہنٛدِ گفنیچ لاگ
آنگنٕی ژھاینٛ باہہٕ کُٹھیٛن ہنٛدی ژھیٚپی ٹھلی لاری
بجلی بتہٕ ہنٛدِ ہاران گاٗشنک واران اَنٛد
اُنٛدرِمہٕ ژھینٛہٕ مَتہٕ یِہہ کٔلوٗچ ہنے مژتیٖہ
ییٚمہ گرکِس کرتاں مۆمنتس زِٹھی پنٛنِس خانٛدری کوٗٹھ مِلہٕ رکھ

نَتہٕ ٹکریس تل عیسیٰ پٔننٕد آسنیچ ژھاے

بوٗزنھا میٖانہٕ نےٚ مُشکہٕ خدایہ

دوٗہے روٗدُکھ لاریب لاشریک

کُن فیکُن سوال ؤمے

میون ہے بوزکھ

زانہہ وَنکھہ نہٕ عرش تراوِتھ فرشس پیٹھ منٛےٚ نکھہ

چانہٕ موکھہ روو منٛےٚ سورُے پَننُ آسُن

میٖانہٕ موکھہ یُتھنہٕ ژےٚ پَننُ آسُن راوی ـــ!

•

## پٔریوٗت غرٖقہٕ

اَستانہٕ آنگنَس مَنٛز اوس گاٲمی گام بَجمع گوٗمت
پٔرتھ کانٛہہ اوس قبلَس کُن ہُدَے گنٛڈِتھ
اَچھ آسکھ دَرہٕ لَجمٕژ
اَتھی مَنٛز ژوٗل کَس تاں ہکہٕ نیٚبرٕتھ
"عیٖد ژٔنٛدرٕ ہُسا آو"
پَتہٕ وٕژھ کُنی گرٕ بٕنٛز
شُرٕ بوٗنی گَگرٕ کُن کُنی ژھال
تَمہٕ تہٕ بوٗزٕ شُرٕن ہُنٛد چُرِ گیُٛش
شیٖشہٕ پَٹھو مَنٛزٕ ترٛاوُن اَڈٕے نظر
پَنٕزی چھِنٛے پیٚگاہ عیٖد
"اَما ماجہ کونہٕ سوٗزٕ مٕے کانٛہہ نادَس"

پۆت پھیرن پھیرن پرژھن پانَس

اَنَس مَنز وُچھُن پان

یاوُن اوُسس ژھٹہ ماران

گاچھ وَتہِ ترِاوُن دوٗر تامنتھ عارِ ہُرژ اَچھو نظرَ

ساری عَرفہِ آیَس بَروٗ شہ کنُ

اَکھ پڑیوٗن عَرفہِ رَٹُن موچھ مَنز

اَنگَس اَنگَس وُژھس نارِ رینہہ

بڈ شپٹس دِیتُن چیر

پھل ژٔندرِ اوس نگرو پیتی کمی راسی گژھان۔

## کرٛہُن تاپھ

بَرِ مَنٛدنین وٲراگُک مَنظَر
شُرِ تام آلین ٲسی شٕرِپے ہتی
بُڈٕ ٲسی ٲنٛدرِ دَم پھُٹی گٲہتی
دَزِوٕنین دانَن اوس آب گوٚمُت
کُلِ تھرِ بوٕ پیٚٹھی اوس واو وُپھان
اَستانٕہ پرِ ہنگَس پیٹھ اوس اَکِ چھوٚت کاو
مَشدِ ہٕنگَس پیٹھ راتٕہ موٗغُل ٲچھ ٹھٕٹھ دَہر کَران
گامچِہ کُچہٕ وَتہٕ پیٹھ اوس کرُہُن تاپھ
اَڈٕ مور گٕرِ ھتھ ژھرٛپٕہٕ ژھرٛپٕہٕ کَران
مےٚ ژوٚٹ ڈایرِ راتُک وَرُق
تٕہ کھوُم دَروازَس چھپانٕہ کرِتھ۔

# پرأوِش

گاٖمی گام اوس وَچھ ژیٹان
بالہٕ تھوٚنگِس پیٹھ
وَدن باکہٕ آیہٕ آسمانَس تالوٗ چیران
تاپھ اوس گردِ منٛز لِتھوٚنہٕ آمُت
اَدِ وۄتھ اَسمانٕ سفید جاناوارا
تہٕ بیٚوٚٹھ آستان پرنٛگَس پیٹھ
سارِوے تُل کنُٔہ ہے
دوٚپُکھ ۔ !
اُمی ہے جاناوارس لیکھو ضمٕ سوٚرِ تیمبرن پیٹھ
تہٕ دِمہٕ ہون رَتہٕ چھینٛپہٕ
دلوٚیتھ اَستانَس یِیہٕ قلفُ مُژرنہٕ

## واو تہٕ واوُر

ژٕ تھاوِ پنُن اَسُن پانہٕ پسے نشہٕ
یہٕ چھُ آدمی رَتک سیلاب
تہٕ کلہم شعورک سُہر بوٚن

مےٚ سیتی مہٕ رلاو پنُن دوٚپی دژاو موسم
ژےٚ کمی وَوٚننے گاش زالُن
یمیٚ چھُ ظُلماتہٕ کُھٹھ
تےٚ چھُس پننہٕ ژھیٚپہٕ پٔہرِ
پانہٕ سکندر

●

# سوال

راتھ اوسس بہ سیٚکلس خیمہ دِتھ
بیمار بدَن ہیتھ سجدَس منٛز
اَلمدُ تِش سورس معنہ پران
دُچھنہِ اُچھ پیٹھ ٹھوٚونم کربلہٕک بار
اَز چھس بہٕ زِنہٕ راٗژ مُسافر
ماجہ ہٕنٛزِ کوچھ منٛز لبکھان
جہادُک نوٚو تفسیر
اَکھ معنہٕ بُرزٕ رَتَل عبارَتھ
کھوورِ اُچھ پیٹھ ٹھوٚونم پننہِ کلھم آشنک بار
راتھ تہٕ اَز منسوو پتھ تتھ
وونی چھ پگہٕک معنہ بورت تصوٚر
راٗژ ہندِس کنواٗلس پیٹھ وہراونہ لوان
اُسہ سارنٕے پزِ اَز شبَس بیدار روزُن
پگہ پزٕ ژھ شُہ ضرور سوال ـــ!

# تلاش

دَپان خلاے چھ از خوش

آسہ نہٕ کیاژنہٕ

آسُن تہٕ پنزہ بلس

نۆو یاوُن سپدُس حاصِل

جمہوٗرک نۆو قانوٗن سپدُ لاگو

یُس مُلکوٚ سپدہٕ کرِیوٚ

سُہ کوٚڈُک اُڈ اُڈ

گوٚلبوٚسنی کوٚر ہس سینہٕ پرژُن

کفنہٕ بدٕل چھوٚکھس کیاہ تام پوڈر

تہٕ ذوٚلکھ مُنٛز وتہٕ پیٹھ

سوٚرے گوٚ جانے

پوٚز ابلیس چھُ سخ پریشان

تس کیاہ بنہٕ

سُے پرِ ژھیٚون گوٚ

تس کُس پتہٕ ژھ

جمہوٗرک نۆو قانوٗن گوٚ لاگو!

## نِلہٕ وَٹھ تہٕ رُم

کالہٕ کاجہ گَے باہ ؤری
مێتہٕ نِلہٕ وَٹھ لَلہٕ ناوان
اَدٕ گۆو پاٗدٕ یہٕ نِلہٕ وَٹھ کال
ژٕتُلکھ نا اَز بێیہٕ اۆنگج تھۆد
مێے چھ دِلَس رُم گاٗشر
دٕبوٕ واٹھ لگِس
نِگہہ تامتھ گژھن بێیہٕ باہ ؤری
مگر کاںٛہہ لَلہٕ ناوِ نہٕ نِلہٕ وَٹھ
تہٕ نہٕ گژھِ نِلہٕ وَٹھ کالے پاٗدٕ
شایَد آسَن نہٕ دِل تہٕ
رُم کَتھ گژھ —!

## مےٚ وُچھمکھ

مےٚ وُچھمکھ روبرو پرہیزگارن
مےٚ چھنہٕ اَچھرے یُہ کرٕہا چاۓنی باوَتھ
مےٚ وُچھمکھ سوٕرمہٕ چشمن گانٛدران
مےٚ چھنہٕ اَچھرے یُہ کرٕہا چاۓنی باوَتھ

ژٕ چھکھ کُنہٕ زٕنی تہٕ کُنرٕچ کایناتا
یُمٕتھ چشمَن اَندر چھےٚ کُل جہانا
شُبان چھکھ ذاتہٕ روٚستے لاصفاتا
مےٚ چھُم شک واَتنس اَندر تہٕ واتا

مےٚ وُچھمکھ آیہٕ آیہٕ ترٕہہ سپارن
مےٚ چھنہٕ اَچھرے یُہ کرٕہا چاۓنی باوَتھ

ژٕ آسکھ جاےٚ پۆژِتھ گاٹہٕ سوندرا
نژان آسکھ گژھزاں اوٚسے ژٕ ہوٚ ما
بَدن آوُیل تہٕ زآوُیل نوٗرٕ خاصا
ژٕ تے آسے پرٕ ریہ وایاں سوز و سازا

مےٚ وچھمکھ اہربَل کیٚن آبشارن
مےٚ چھنہٕ اچھرے ٹہٕ کرٕ ما چانی باوتھ

ژٕ

ژٕ ما آسکھ ٹینبرزَل نٔندرِ وُژھمژ
ژٕ ما آسکھ گُلِ اَفتاب پھُلمژ
ژٕ ما چھکھ آرٕوَل لوٚہُرٕ پچمژ
ژٕ ما ہی تھُر دوٚ شلے ہٕرٕ تہٕ ژھتمژ

مےٚ وُچھمکھ آرٕ ٹِھٹِھی ژٕنبی آرن
مےٚ چھنہٕ اُچھرے ٹہٕ کرٕ ما چانی باوتھ

سَبزٕ پرٕ ری یا بہشتھ موہوم شُرِن مَنز
مسیحا زَن ہسنےٚ آمُت کُھرِن مَنز

شوٗنگتھ زَن فرِستہٕ چھ مأنٛز پدرِن مَنٛز
چھےٚ اَنہٕرۍ شانتے وَنہٕ وَن ہُرِن مَنٛز
مےٚ وُچھمکھ فلسفس نوٚو معنہٕ ژارَن
مےٚ چھنہٕ اَچھرے ئہٕ کرہٕ ہاچأنی باوَتھ

ژےٚ اوسُے دأن تھرٕ ہٕنٛدِ یاونُک سٕتھ
ژےٚ آسے نا ژٕہتی پوٚشِچ ٹُنٛی رٕٹیتھ
دوٕ کھان چھےٚ کپسِ پوٚشِچ تاپہٕ ژٕنگی بٕٹھ
ژےٚ ڈلیشتھ اوس سَنٛز پیٚشن گُٹھ ہاٚتیتھ
مےٚ وُچھمکھ خبرِ بیٚلہٕ آیکھ بیمارَن
مےٚ چھنہٕ اَچھرے ئہٕ کرہٕ ہاچأنی باوَتھ

ژٕو دأہم زٕوٗن کھٕژ ہٕنٛز آدی آدی
نَنٛنے پاتالہٕ شہرٕچ شہزأدی
فرِشتَو تارکَن مَنٛز دِژ مَنادی
وَسو آز مارکَن مَنٛز لٕچ سہٕ شأدی

مےٚ وُچھمکھ تاج بر سر تاجدارَن

مےٚ چھنہٕ اَچھرے ہٕ کرٕہا چاٲنی باوَتھ

کِتابَن مَنٛز کھٔٹِتھ زَن پوشہٕ بٔرگاہ

نَتےَ مَس نٔندرِ خانٕچ لولہٕ دِدگاہ

ڈٲکِس لیکھِتھ قرآنَس بِسمِ اللہ

وُٹھِن پیٚٹھ زَن رٔژتھ جوٚگِس گوٚمُت دُعا

مےٚ وِچھمکھ پٔرآنی یارٕژ نازِ یارَن

مےٚ چھنہٕ اَچھرے ہٕ کرٕہا چاٲنی باوَتھ

کَنَن گےٚ دارِ پیٚٹھٕ چی کُتی جِہ کَتھ کَتھ

نَژان چھِمبہٕ سیرِ اٲندرِ ڈُدجہٕ ہیتھ بِشتھ

وُچھِم پوٚنپرِ دَزان شمعس کَرٲن گَتھ

مےٚ سٔتی پوٚر قُمرِ کوٚستورِ شُنعَتھ

مےٚ وُچھمکھ نغمہٕ سیوٚنتک جانہٕ وارَن۔

مےٚ چھنہٕ اَچھرے ہٕ کرٕہا چاٲنی ۱

شوٗنگِتھ ماگاٗنٕسۍ وُچھنکھ مست خراب

ہُنہ گیاہ ژُنہٕ گاش گومُت آب در آب

اَوے شُب قدر گاہٕشر بیشر بے ناب

تَوے ما روٗٹہٕ گومُت چشمہٕ سیلاب

مے وُچھمکھ شام عُرفک روزدارَن

مے چھینہٕ اَچھرے ئہ کرٕہا چاٗنی باوتھ

یِگھہٕ مہر بینہٕ چھکھا گلہِ میوٗٹھ اوٗنمُت

نبی ؐ شُند ناو آسکھ واچہٕ کھوٗنمُت

عَربی وازَن دوٗدَس بیٹھ ہَرنہٕ روٗنمُت

بیٗنن باین پوشن ماسَن تہٕ ووٗنمُت

مے وُچھمکھ مانٔز گلہٕ ہیتھ مانٔزٕ پرٲرَن

مے چھینہٕ اَچھرے ئہ کرٕہا چاٗنی باوتھ

ژٕ چھکھ نا راجہٕ ریٛنز چھے راج کرٕنۍ

ژٕ چھکھ نا پوٗز ژٕ سے ملپ چھے زانہہ تہٕ مرٕنۍ

ژِ چھکھ نا معرفت چھُپے علم پَرنُے
ژے چھی ہَم تا ئری ما چھُپے نار تَرنُے
مۃے وِچھکھ موخِتہ کا ڈُر موخِتہ ہارَن
مۃے چھنہ اَچھرے ئہ کرہا چاٹی باوَتھ

مۃے وِچھکھ ناوِ پیٹھ ہَم کھور وائَن
گنڈان اُسکھ کھورو بستی آبہ گڑائَن
اَنکھو سینہن رٹان موصوم ژھائَن
اُچھن ہشدی نیر ہمپوش تہِ لائَن
مۃے وُچھکھ ڈُل ہُس پیٹھ سرِ ہارَن
مۃے چھنہ اَچھرے ئہ کرہا چاٹی باوَتھ

مۃے وُچھکھ بابہ نصیبنہ رڈو گران چھکھ
مۃے وُچھکھ ژژار بشلیوائے تَران چھکھ
داروِدس سیتی کبا ہتا مَتہ پران چھکھ
یکُو موصوم چشمو اوش ہران چھکھ

مےٚ وُچھمکھ شاف دِتھ پرہیزگارن
مےٚ چھینہٕ اَچھرے ژٕ کرہٕ ہا چاَنی یاوَتھ

مُژر چھےٚ مَس پریشان آلشاوُک
ڈٕبکَس چھےٚ گَتہٕ کھسے وُن شاہِ تاوُک
رٕوخَن چھےٚ بوٗنش کھوتمُت شالہِ ماوُک
اَثر چھےٚ دوٕن اَچھن مَنز انتظاوُک

مےٚ وُچھمکھ نِندرِ وُزناوان بہاَرن
مےٚ چھینہٕ اَچھرے ژٕ کرہٕ ہا چاَنی یاوَتھ

ژٕ آسکھ آنگنَس مَنز باَنبرے مژ
ژٕ آسکھ پوٚت بَرس پیٹھ ٹاَبے مژ
ژٕ آسکھ داَرِ پیٹھ زَن تھاتھے مژ
ژٕ آسکھ داَرِ دوٚسہِ پیٹھ آدِیے مژ

مےٚ وُچھمکھ ژٕ پری کھیپران دیرہٕ داَرن
مےٚ چھینہٕ اَچھرے ژٕ کرہٕ ہا چاَنی یاوَتھ

مےٚ چھم لأنس لیکھِتھ اُپن چوٗنے
بہٕ چھس کافِر مےٚ روٗڈمُت دپن چوٗنے
اُچھن چھم گافہِ اَلِف تےٚ شین چوٗنے
وُٹھن دوٗن پیٹھ پھولان آمین چوٗنے
مےٚ وُچھمکھ گنٛتھ کران لیل نہارن
مےٚ چھنہٕ اُچھرے بہٕ کرہٕ ہا چاٲنی بادٕتھ

یکن چھکھ اوٚبرٕ لنٛڈ ہش بالٲ بالی
دوان ڈٔنی پوشہِ پھمرن پوشہِ مالی
ہمُژ وُزمل تہٕ ڈیشتھ لااُبالی
وَنۍ وہراتھ چھے آہش سوالی
مےٚ وُچھمکھ روٗسی گٔٹ کم ژھالہِ ماران
مےٚ چھنہٕ اُچھرے بہٕ کرہٕ ہا چاٲنی بادٕتھ

وَسکھ نا آب نوٗٹ ہنتھ یارٕبل اَز
ریاضت عاشقن گژھے سہل اَز